۲ ۔ وہ باشی ۔ نفس پرستی ۔ زناہ بازی ۔
زِنا ۔

**عیال** ۔ [ ت ۔ ع یال ۔ ع ۔ مذکر ۔ ] ۔ شُری مُری ۔ شُری باٹھ ۔ ٹبر ۔ عیال ۔

**عیالدار** ۔ شُری باٹھ وول ۔ عیالہ وول ۔ عیال دار ۔

**عیالدار ہونا** ۔ شُری باٹھ وول آسُن ۔ عیالہ وول آسُن ۔

**عیالداری** ۔ (مونث) ۔ شُری باٹھ ۔ شُری مُری ۔ عیال داری ۔

**عیاں** ۔ [ ت ۔ ع یاں ۔ ع ۔ ] ۔ نوٗن ۔ ٹاکارہ ۔ ظاہر ۔ روشن ۔

**عیاں کرنا** ۔ ظاہر کرُن ۔ وضاحتھ کرٕنۍ ۔ وہرھناوُن ۔

**عیاں ہونا** ۔ ننُن ۔ ظاہر سپدُن ۔ وضاحتھ پیدٕ لوکھ کتھ ۔

**عیاں راچہ بیان** ۔ یہ نوٗن تہٕ ٹاکارہٕ آسہٕ تتھ کیا چھے وضاحتُک، وہرھناونُک ضرورتھ ۔

**عیب** ۔ [ ت ۔ عیب ۔ ع ۔ مذکر ۔ ] ۔ نوقص ۔ عاب ۔ خرابی ۔ قبُح ۔

**عیب اُچھالنا** ۔ پیٹھ تہٕ ٹھنی ۔ عاب چینی کرٕنۍ ۔ کانسہٕ ہندین اترن ہنز شوٗوے کرٕنۍ ۔

**عیب آئینہ ہونا** ۔ عاب ننُن ۔ عابن وُرن وہ تھٕٹن ۔ م : ۔ پھکُن کرزول وہ تھٕٹن ۔

**عیب بکھانا** ۔ سر فاش کرُن ۔ کانسہٕ ہندین عابن وُرن تُلُن ۔

**عیب بین** ۔ ۱ ۔ یُس بیے سندین عابن پیٹھ نظر آسہٕ ۔ یُس بیے سندین اترن واقف آسہٕ ۔
۲ ۔ نوقص کڈُن ، ژٹھ وول ۔ عاب چین ۔

**عیب بینی** ۔ (مونث) ۔ عاب چینی ۔ نوقص کڈٕنۍ ، ژٹھنہ ۔ عاب جوٗیی ۔

**عیب پوش** ۔ ۱ ۔ پردہ پوش ۔ عابن وُرن کرن وول ، وولُت کرُن وول ۔ سرن ہند سرپوش ۔
۲ ۔ سُہ خوبصورتھ ناگی پلو یُس باپتے لباسس پیٹھ چھ لاگان ۔

**عیب پوشی** ۔ (مونث) ۔ پردہ پوشی ۔ عابن وولُت کرُن ، وُرن ترٛاوُن ۔

**عیب پیدا ہونا** ۔ عاب نوٗن نیرُن ۔ نوقص باگُرھن ۔ خرابی گژھنی ۔

**عیب تھپ جانا** ۔ نوقص ہمتھ لگنی ۔ ہانژھ لگنی ۔ داغ لگُن ۔ کُنہٕ اترس منز یمنی ینُن ۔

**عیب تھوپنا** ۔ نوقص ہمتھ لاگنی ۔ ہانژھ لاگنی ۔

عیب جاننا۔ عَاب گنڻرا ڻون۔ عَاب ڄاڻڻ۔
غلط ڄاڻڻ، سمجهڻ۔
عیب جو۔ ڇِڇر ڙڙو وول۔ عَايبن وڙن ٽلڻ وول۔
عیب جوئی۔ (مؤنث)۔ نوقص کڍڻ۔ عَاب
ڏارڻ۔ عَاب چيني۔ نُڪته چيني۔
عیب چھپانا۔ پَردہ پوشي ڪرڻ۔ عَايبن ڍولت
ڪرڻ، وڙن ٽراڻون۔
عیب چینی۔ (مؤنث)۔ وڇهو "عیب جوئی"۔
عیب دار۔ ۱۔ عَابہ لَد۔ نوقصہ وول۔ ناقِص۔
۲۔ ترڙوش (ڳُر)، وُلٽپه (ڳُر)۔ ہوڏل (ڳُر)۔
عیب ڈھانکنا۔ وڇهو "عیب چھپانا"۔
عیب ڈھک جانا۔ عَايبن وڙن گُڙهڻ،
پَردہ پوشي سپدڻ۔
عیب ڈھونڈھنا۔ عَاب ڏهانڊڻ۔ نوقص کڍڻ۔
عیب سمجھنا۔ وڇهو "عیب جاننا"۔
عیب سے بَری ہونا۔ تَه سُنه نہ لگڻ۔
عَاب غَاب گُڙهڻ۔ عَاب ڇهلپنہ يِن۔
عیب فاش کرنا۔ عَايبن وڙن ٽلڻ پهڪس
ڪڙول ٽلڻ۔
عیب کرنا۔ اُتُر ڪرڻ۔ ناجائز ڪرڻ۔ زِنا ڪرڻ۔
عیب کو ہنر سمجھنا۔ اُتُر ڪرڻ تہ رُڪتے ڄاڻڻ،

وہنڙن۔ عَايبس تہ کِبيے ڏِپڻ۔
عیب کھلنا۔ عَاب نوَن نيرُن پهڪس ڪرُول ووهڻ۔
عیب کی بات۔ شرمہ ہنز کنهہ۔ عَايبہ کنهہ۔
عیب گھٹنا۔ ٽيپهہ ہٽنہ۔ عَايبہ گنڻرا ڻون۔
اُنزرِن وُڙن ٽلُن۔
عیب گوئی۔ وڇهو "عیب کہنا"۔
عیب گیری۔ وڇهو "عیب جوئی"۔
عیب لانا۔ ہیوه ڈکرہ ڻِ۔ شرارتہ ڪرُن۔
عیب لگانا۔ توه ہمتھ لاگنی۔ ہانٽر ه لاگنی۔
عیب لگنا۔ توه ہمتھ لگنی۔ ہانٽره لگنی۔
عیبن۔ عَابہ لد زنانہ۔ لڑاہیہ گرڻ۔
عیب ناک۔ عَابہ لَد۔ عَايبو سِتی بَرتھ۔ پُس
عَابے عَاب آسہ کران۔
عیب نکالنا۔ نُوکتہ چيني ڪرڻ۔ عَاب کڍڻ۔
عَايبن وُڙن ٽلُن۔
عیب نکلنا۔ عَاب، نوقص غُنز نيرُنِ، ظاہر سپدڻ۔
عیب و ثواب۔ رُت کرُت۔ اوُر کهوُر۔
جان ناکاہ۔ عَاب ہیوه ہنر۔
عیب و خوبی۔ وڇهو "عیب و ثواب"۔
عیب و ہنر۔ وڇهو "عیب و ثواب"۔
عیب و ہنر دیکھنا۔ رُت کرُت وُچهُن۔ اوُر کهوُر

زانُن۔ حُسن تہٕ قُبح وُچھُن۔

**عیب و ہنر کھل جانا۔** رُت کرُت نوٗن نیرُن۔ حُسن تہٕ قُبح ظاہر سپدُن۔ اوٗر کھوٗر بیوٗن نیرُن۔

**عیب ہونا۔** عاب آسُن۔ نوقص آسُن۔ خرابی آسٕنۍ۔

**عیبی۔** عابہٕ لَد۔ بدذات۔ نوقصہٕ وول۔ نوقصہٕ لَد۔ ژھٕکہٕ زَد۔

**عیب کرنے کو ہنر چاہیے۔** اتھ کرنس تہٕ گژھہِ شعناہ آسُن، شوٗب آسٕنۍ۔

**عید۔** [ات۔ عید۔ ع۔ مؤنث]۔ ۱۔ مُسلمانَن ہُند بوڈ دوہ یُس یکم شوال تہٕ دہمہٕ ذوالحج آسان چھُ۔ ۲۔ سُخ۔ خوشی۔ شادمانی۔

**عید الضحیٰ۔** بڈ عید۔ عیدِ قربان۔ مُسلمانَن ہُند سہ بوڈ دوہ یُس دہمہٕ ذوالحج چھُ آسان۔

**عید الفطر۔** روزِ عید۔ لۄکٹ عید۔ مُسلمانَن ہُندٕ سہ بوڈ دوہ یُس ماہِ رمضان کہِ کلتھ اوٕلہٕ شوال چھہٕ مناوان۔

**عید آنا۔** عید واتٕنۍ۔ پرنیچ۔ عیدٕ ہُند دوہ واتُن۔

**عید دیکھنا۔** عید کرٕنۍ۔ عید مناوٕنۍ۔

**عید شجاع۔** حضرت عمر فاروقؓ سُند شہادتُک دوہ یُس اہلِ تشیع ۹، ربیع الاول شادیانہ پژھی مناوان چھِ۔ حضرتِ عمر فاروقؓ سُندِس قاتلس اوس ابولولو ناو تہٕ لقب اوسُس "بابا شجاع"۔ اَوے چھِ اتھ دوہس عید شجاع وَنان۔ (یوٗدوے حضرتِ عمر فاروقؓ ۲۰، ذوالحج عِراقس منز شہید سپدۍ، امہِ پوٗز یہِ خبر واتھ ۹، ربیع الاول)۔

**عید غدیر۔** ۱۸، ذوالحجُک سہ دوہ ییلہ مکس تہٕ مدینس منز باگ "غدیرِ خُم" جایہِ آنحضرتؐ یہ حدیثِ مبارک فرموو "مَن کُنتُ مولاہ فعلی مولاہٗ" (ییٚنُد بہٕ آقا چھس تٔمُند آقا چھُ حضرت علیؓ تہٕ)۔ اہلِ تشیع چھِ امہِ دوہ شادیانہ مناوان۔

**عید قربان۔** بڈ عید۔ مُسلمانَن ہُند سہ بوڈ دوہ یُس دہمہٕ ذوالحج چھُ آسان۔ امہِ دوہ چھِ قربان کران۔

**عید کا چاند۔** ۱۔ عیدٕ ژٔندٕر۔ روزِ عیدٕ ہُند عرفہٕ شامُک ژٔندٕر۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) سُہ یُس خال خالے نظر گژھہِ، ییٚمِس کانٛہہ سٕمکھہِ۔

**عید کا چاند نکلنا۔** (ورگہ) ییٚمِس سُند دارِ یاوٕ کانٛہہ تاشوق آسہِ سُہ سمکھُن۔ یٔسُند ییٚمِس کالہ پیٚٹھ انتظار آسہِ سُہ نظر گژھُن۔

**عید کا چاند ہو جانا۔** عیدٕ ہُند ژٔندٕر بنُن۔ خال خالے سمکھُن۔ مُشکلی منزی نظر گژھُن۔

عید کا دوگانہ ۔ عیدِ نماز ۔ عیدہٕ ہنٛز نماز یُس زٕ رکأژ۔

عید کرنا ۔ خوٗشی مناوٕنی ۔ شادِریانہٕ کرُن ۔

عید کے پیچھے ٹَر ۔ عیدِ پتہٕ ٹَر عید ۔ کانٛہہ کام وقت موکلنہٕ پتہٕ اَنٛز راوٕنی ۔ عیدِ پتہٕ "ٹَر" مناوُن (پنجابس منٛز چھُ عیدِ دوہہ پتہٕ "ٹَر" ناوی لوٗڈ دوہہ مناونہٕ یوان ۔)

عید کی نماز ۔ عیدِ نماز ۔ عیدِ ہنٛز زٕ رکأژ نماز ۔

عید گاہ ۔ سُہ جاے، یُس مأدان یتہِ عید نماز پرنہٕ چھے یوان ۔ —— عید گاہ ۔

عید مبارک ہونا ۔ عیدِ مبارک آسُن ۔ یہ چھُ دُعا یُس عیدِ دوہہ پرِتی یا کھٕ عید مناونہٕ موکھ کرنہٕ چھُ یوان ۔

عید منانا ۔ ۱ ۔ عید کرٕنی ۔ عید مناوٕنی ۔ عیدِ ہنٛد لوٗڈ دوہہ کرُن ۔ ۲ ۔ عیدِ دوہہ شادِریانہٕ کرُن ۔ ۳ ۔ شادِریانہٕ مناوُن ۔ خوٗشی مناوٕنی ۔

عیدِ مولود ۔ بُہیم ربیع الاول یتھہٕ حضرت محمدؐ صاحبنہٕ زینٛنگ شادِریانہٕ چھُ مناوان ۔ عیدِ میلادؐ

عید میلاد ۔ وچھو "عیدِ مولود" ۔

عیدہ ہونا ۔ عیدِ آسٕنہٕ ۔ عید کرٕنی ، مناوٕنی ۔

عیادی ۔ ۱ ۔ عیدِ یانہٕ ۔ سُہ خرچ یُس گرٕ ٹیک رُتھ بیتر یا قیٖن دوان چھُ ۔ ۲ ۔ سوٗ نظم یُس یہ عیدِ پیٹھ وِدہ ستادٕ بٕنٛس ٹاکِر دِس لیکھتھ چھُ دوان ۔ ۳ ۔ میوٕ ، مِٹھاے یا نقد بیتر یُس عیدِ دوہہ وأری وِ بیٹھ واتہٕ یا وأر نیوٗ سوزنہٕ یِیہ ۔

عیدی آنا ۔ نوہ شہ ہُنٛد عیدِ پیٹھ وأر نیوٗ یُن ۔

عیدی بانٹنا ۔ عیدِ یانہٕ بأگراوُن ۔ عیدِ پیٹھ شرینی بیتر خرچ دِین ۔

عیدی جانا ۔ عیدِ پیٹھ نوہ شہ ہُنٛد وأر نیوٗ گژھُن ۔

عیدین ۔ زٕ عیدٕ ۔ بٔڈ عید تہٕ لوکٕٹ عید ۔

:- لوکہ کتھ :-

عید پیچھے ٹَر برات پیچھے دھونسا ۔ یہ چھ تمہ وزِر وَنان یلہِ کانٛہہ کام وقت موکلنہٕ پتہٕ اَنٛز راوٕنہٕ یِیہ ۔ م :- شال ژٕلتھ بٹھین لوٗر ۔

عید کے پیچھے چاند مبارک ۔ عید موکلتھ "عید مبارک" کرُن تہٕ ڈیٖتھ گو وقت موکلنہٕ پتہٕ کانٛہہ کتھ ژٕ یتٕس پیٖنہٕ ۔

عید ہی کو دھوبی کا گھر سوجھتا ہے ۔ عیدِ پیٹھے چھُ دوٗبی شند گرِ یون ڈیر گژھان تہٕ ڈیٖتھ گو اُسِر چھُ عیدِ دوہے پلو چھلہٕ ناوان ۔

عیسیٰؑ ۔ [ت ۔ عی سا ۔ عبرانی ۔ مذکر ] ۔ حضرت عیسیٰؑ اکھ پیغمبر یمن پیٹھ انجیل نازل سپٕز ۔

عیسیٰؑ دوران۔ پننہ وقتک عیسیٰؑ تہ ڈیٹھ گو حکیم حاذق۔ (یہ چھ یتھ پاٹھۍ مشہور حکیمس کن ونان)۔

عیسیٰؑ مسیح۔ حضرت عیسیٰؑ۔ سہ پاٖغمبر یمس پیٹھ انجیل نازل سپز۔

عیسیٰؑ نفس۔ حضرت عیسیٰؑ سندی ہوی وصف تھاون وول۔ یس حضرت عیسیٰؑ سندی ہوی صفتھ آسن۔

:- لوکہ کتھ :-

عیسیٰؑ بدین خود موسیٰؑ بدین خود۔ حضرت عیسیٰؑ ہس تہ پنُن دین تہ حضرت موسیٰؑ ہس تہ پنُن دین۔ پرتھ کانٛسہ چھ پنُن پنُن مذہب۔

عیسائی۔ [ت۔ عی سای۔ ف۔ مذکر۔]۔ عیسآے۔ کرِسچن۔ حضرت عیسیٰؑ سند یار و۔ نصاران۔

عیسائیت۔ (مونث)۔ عیسآے مذہب۔ کرِستانی۔ نصرانیتھ۔

عیسائی ہونا۔ کرِستن بنُن۔ عیسآے بنُن۔ حضرت عیسیٰؑ سند مذہب پالُن۔

عیسوی۔ حضرت عیسیٰؑ ہس متعلق۔ حضرت عیسیٰؑ سُند۔ ستہ ستہ یس حضرت عیسیٰؑ سند انتقالہ پیٹھ شُرو دو گو۔

عیش۔ [ت۔ عیش۔ ع۔ مذکر۔]۔ عآش۔ سوکھ سوچھ۔ مزس منز روزنچ حالتھ۔ آرام آسائش۔ مزس منز زندگی گزارنی۔

عیش اٹھا لینا۔ سوکھ راوپراوُن۔ عآش تہیتھ نیُن۔ آرام لوٗٹُن۔ عآش ختم کرنی۔

عیش اٹھانا۔ عآش کرنی۔ مزس منز دوہ گزارنی۔ لطف تُلُن۔ مزہ کرنی۔

عیش اڑانا۔ عآش کرنی۔ مزہ کرنی۔ لطفچ زندگی گزارنی۔

عیش اڑجانا۔ عآش مٕکلنی۔ مزہ نہ روزنی۔ سوکھ سوچھ نہ روزُن۔

عیش آرام حرام کرنا۔ عآش تُتھ دِنی۔ آرامک پرواہ کرُن۔ پنُن آرام راوُن۔

عیش پرست۔ عآشہ موٗت۔ آرام طلب۔ مزس منز زندگی گزارن وول۔

عیش پرستی۔ (مونث)۔ عآشہ موٗت آسُن۔ آرام طلبی۔ مزسان زندگی گزارنچ حالتھ۔

عیش پسند۔ عآشہ موٗت۔ آرام طلب۔ عآش پسند۔

عیش پسندی۔ (مونث)۔ عآش طلبی۔ عآش پرستی۔

عیش تلخ کرنا۔ عآش ناش کرُن۔ سوکھ راوِراوُن۔ لطف نہ تُلنہ دیُن۔

عیش کا بندہ۔ عَیاش۔ عاشہٕ موٚت۔ عاشہٕ عشرژ سورٕ کینہہ زانن ووٚل۔

عیش کرنا۔ عٲش کرٕنۍ۔ لُطف تُلُن۔ عٲشہٕ عشرتس منز زِنٛدگی گُزارٕنۍ۔

عیش گاہ۔ عٲشچ جاے۔ لُطف ہنٛز جاے۔ سۄ جاے یتہِ عٲش آسن کرنہٕ یوان۔

عیش محل۔ عٲش کرنچ جاے۔ آرام کرنچ جاے۔ لُطف تُلنچ جاے۔

عیش منانا۔ عٲش کرٕنۍ۔ لُطف تُلُن۔ ہیٚز کرٕنۍ۔

عیش منزل۔ وُچھِو "عیش محل"۔

عیش منغص کرنا۔ وُچھِو "عیش تلخ کرنا"۔

عیش و آرام۔ آرام آسایش۔ عٲشہٕ عشرتھ۔ عٲشہٕ آرام۔

عیش و عشرت۔ وُچھِو "عیش و آرام"۔

عین۔ [ت۔ عَین۔ ع۔ موٗنث۔] ۔ ۱۔ اَچھ۔ چشم۔ ۲۔ خاص، بِلکُل، ٹھیکھ۔ عاینہٕ۔ ۳۔ "ع" اَچھر۔

عین اتحاد۔ ٹھیکھ دوٗستی، یارٕژ۔ سَخ یارانہٕ۔

عین الاعیان۔ رٕتین ہنٛدِ رٕتۍ۔ تھدین ہنٛدِ تھدۍ۔ سارِنے سرٛس۔

عین اللہ۔ خۄدایہ سنٛز اَچھ تہٕ ڈیٖٹھ گوٚ حضرت علیؓ

عین العین۔ ہیٚوٗ۔ ہوٗبہوٗ۔ عاین تہٕ غاین۔

عین الکمال۔ نظرِ بد۔ چشمِ بد۔

عین المال۔ موٗلک رقم، موٗل۔ اصل رقم۔

عین الیقین۔ کانہہ چیز وُچھتھ تہٕ پٔژھ پٲدٕ کرٕنۍ۔ اَچھو ڈیشتھ کُنہ چیزک وجوٗد معلوم کرُن۔

عین صواب۔ بِلکُل ٹھیکھ۔ سیٹھا جان۔ بِلکُل دُرُس۔

عین غین۔ ۱۔ عاین تہٕ غاین۔ ہم شکل۔ ہیوٗ۔ زُلہٕ وۄنۍ۔ ۲۔ شور۔ ہٕلہ۔ دولہٕ کوٗن۔

عین مین۔ ہوٗبہوٗ۔ ہیٚوٗ۔ زُلہٕ وۄن۔

عین وقت پر۔ ٹھیکھ موقس پٮ۪ٹھ۔ عاینہٕ وقتس پٮ۪ٹھ۔ وقتس پٮ۪ٹھ۔ موقس پٮ۪ٹھ، وِزِ۔

عینی۔ ۱۔ اَچھو وُچھمُت (چیز)۔ نظرِ گوٚمُت چیز۔ ۲۔ سَخ بارٕنۍ۔ اکھ یُس مٲلس ماجہِ ہنٛدِ زِ بٲے۔

عینیت۔ اصلیتھ۔ حقیقتھ۔

عینین۔ (زٕ) اَچھ۔ زٕ چشمہٕ۔

عینک۔ [ت۔ عَےنَک۔ ع۔ موٗنث۔] اَچھن ہنٛد شیشہٕ۔ اَچھن لاگنُک شیشہٕ۔ عانکھ۔

عیوب۔ [ت۔ عُیوٗب۔ ع۔ مذکر۔] "عیب" لفظُک جمع۔ خٲمیہٕ۔ بدصفتھ۔ نوقص۔

عیوق۔ [ت۔ عَیوٗق۔ ع۔ مذکر۔] اکھ تارُک

ناوُس کہکشانس دُچھِنہٕ اَنٛدٕ پیٛرٕ زٕلان چھُ آسان۔ " عین " لفظُک جمع ۔ اَچھ ۔ چَشمہٕ ۔

**عیون۔** [ ت ۔ عِیُون ۔ ع ۔ موٗنث ۔] ۔

# غ

**غ۔** [ ت ۔ غَین ــــــ ] ۔ عربی ہِنٛجلیٛک ۔ کُنوٕہیٛم ، فارسی ییٛک تہٕ توٗہیٛم ، اردوٕ ہِنٛجلیٛک پَنٛژہیٛم تہٕ کاشرِ یُک تُہٕ ہیٛم اَچھر ۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ سا سَس ( ۱۰۰۰ ) معول ۔

**غابر۔** [ ت ۔ غابِر ۔ ع د غبر ۔ مُذکر ۔] ۔ ۱ ۔ بچوٗمت ۔ پَتہٕ کُن رُودمُت ۔ باقے رُودمُت ۔ ۲ ۔ دزامُت ۔ گوٗمُت ۔ پِتیٛم ۔ ہعہ کلیٛشوٗمُت ۔

**غاٹہ۔** [ ت ۔ غاٹہٕ ۔ مُذکر ۔] ۔ نوکر ۔ غعہ لام ۔ میوٗہنیٛو ۔

**غاٹیا۔** [ ت ۔ غاٹہٕ یا ۔] ۔ ژھعہ ٹہٕ گوگُل ۔ میوٗٹ دزوٗٹ ۔ وٕنیوٗ ٹہٕ لیوٗٹھ ۔ سُرٕ نٛڈ ۔ گولہٕ ٹھنگنہٕ ۔

**غاٹیر۔** [ ت ۔ غاٹہٕ ییٛر ۔] ۔ وُچھِو " غاٹیا " ۔

**غادر۔** [ ت ۔ غادِر ۔ ع ۔ مُذکر ۔] ۔ غدار ۔ بے وفا ۔ وادٕ خلافی کرن وول ۔ وادٕ خلاف ۔

**غار۔** [ ت ۔ غار ۔ ع ۔ مُذکر ۔] ۔ دوکھٕ دِنہٕ وول ۔ دغاباز ۔

**غار۔** [ ت ۔ غار ۔ ع ۔ مُذکر ۔] ۔ ۱ ۔ گعہ پھ ۔ کھوڈٕ وُل ۔ ۲ ۔ کھوکھر یار ۔ ۳ ۔ سوٗن ( سژوٗن ) زٕخم ، سژو ۔ ۴ ۔ اَگہٕ قسمُک کُل ییٛمِچ پکر زائتھ خعہ شبوٗ چھے نیران ۔ ( اَتھ چھِ ییٛر پاٹھی شجرالغاروُنان ) ۔

**غار پڑ جانا۔** زٕخم یُدُن ۔ زٕخمُک سژو لیوٗڈ گژھُن ۔

**غار پڑنا۔** وُچھِو " غار پڑ جانا " ۔

**غارِ حرا۔** مکہ شریفس منز حراکوہَس گعہ پھ ۔ غارِ حرا ۔ ( اَتھ منز آسی حضور صلعم خعدایہٕ سٕنٛز عبادتھ کران ) ۔

**غارِ مغیب۔** سامری سٕنٛز مشہور گعہ پھ ۔

**غارت۔** [ ت ۔ غارت ۔ ع ۔ موٗنث ۔] ۔ ۱ ۔ تبٲہی ۔ بوٗربادی ۔ تاراج ۔ ۲ ۔ تباہ ۔ بوٗرباد ۔ وٲران ۔

**غارت جانا۔** تباہ گژھُن ۔ بوٗرباد گژھُن ۔

**غارت غول۔** ۱ ۔ تباہ ۔ ضایہٕ ۔ بوٗرباد ۔ ۲ ۔ اَتھ تلہٕ گوٗمُت ۔ رووٗمُت ۔ اَچھوٗنش ڈُلمُت ۔

**غارت غول کرنا۔** بوٗرباد کرُن ۔ تباہ کرُن ۔ ضایہٕ کرُن ۔

غارت غول کرنا۔ بۆرباد کرُن۔ تباہ کرُن۔
ضایہ کرُن۔ راوٕراوُن۔

غارت غول ہوجانا۔ راوُن۔ ضایہ گژھُن۔
بۆرباد گژھُن۔ اَنھی پٕیِن۔ ژوٗر ِپنہٕ پیُن۔

غارت غول ہونا۔ وُچھو "غارت غول ہوجانا"۔

غارت کا مارا۔ بۆرباد گوٗمُت۔ تباہ گوٗمُت۔
وٲران گوٗمُت۔ خانہٕ خراب۔

غارت کرنا۔ ۱۔ تباہ کرُن۔ بۆرباد کرُن۔ فنا کرُن۔
ختم کرُن۔ ۲۔ اَنہ کار کرُن۔ موزوٗر کرُن۔
خراب کرُن۔ بگراوُن۔

غارت گر۔ تباہ کرَن وول۔ بۆرباد کرَن وول۔
لۆٹَن وول۔ لۆٹہٕ ر۔

غارت گری۔ (مونث)۔ تباہی۔ بۆربادی۔
لۆٹھ مار۔

غارت گیا۔ بۆرباد گوٗمُت۔ تباہ گوٗمُت۔
یہ چھےٚ زنانہٕ کانٛسہٕ نفرتھ کرنہٕ یا ناراض
سپدنہٕ وِزِ وَنان۔

غارت ہو۔ گوکھ وٲران، تباہ۔ دَفع گژھ۔

غارت ہوش۔ (وِرگہٕ) لۆبہٕ وُن۔ خوبصورتھ
حُسین۔ ہوش نِوُن۔ م:-

پڑھتے ہی وہ نام غارت ہوش۔
خوش دل میں ہوئی بہت وہ غم پوش (اخترشاہ اودھ)

غارت ہونا۔ ۱۔ لۆٹنہٕ یُن۔ ژوٗر پھِرنی۔ ۲۔ تباہ گژھُن۔
بۆرباد سپدُن۔ ۳۔ وٲران گژھُن۔ ۴۔
نَل یُن۔ پایمال سپدُن۔ ۵۔ ضایہ گژھُن۔
راوُن۔ ۶۔ نیرُن۔ گژھُن۔ ۷۔ غاٸب
گژھُن۔ مرُن۔

غارتی۔ وُچھو "غارت گیا"۔

غارہ۔ [ت۔ غارۂ۔ ع دغار۔ مذکر۔]۔ وُچھو "غار"۔

غاریقون۔ [ت۔ غاری قوُن۔ یونانی۔ مذکر۔]۔ اَکھ
مشہوٗر مُسہل دوا یُس چھُ سفید رنگہٕ دوہ در
مُول ہیشوہ آسان۔

غازہ۔ [ت۔ غازۂ۔ ف۔ مذکر۔]۔ اَکھ قسمُک گوٗلابی
رنگہٕ پھیکھ یُس زنانہٕ بتھِس مَتھان چھےٚ۔
غازٕ۔ بتھٕ پوڈر۔ اُولُت۔

غازہ ملنا۔ غازٕ مَلُن۔ بتھِ پوڈر مَلنی۔ بتھِس غازٕ مَتھُن۔

غازی۔ [ت۔ غازیٔ۔ ع۔ مذکر۔]۔ ۱۔ کافرن سٕتۍ
لڑُن وول۔ کافرن مارن وول۔ غاٸزی۔
۲۔ مسلمان پادشاہن ہُنٛد خطاب۔ ۳۔ بۆہوٗدر۔
دلیر۔ وبیر۔ ۴۔ بازیگر۔ مداری۔ ۵۔ (وِرگہٕ)
نخرٕ۔

غازیانہ۔ بۆہوٗدر پاٹھۍ۔ دلیرانہ۔ جرأتھ مَنٛد پاٹھۍ۔

غازی مرد ۔ بۄہودر ۔ جانباز ۔ دِلیر ۔
غازی میاں ۔ سُلطان محمود غزنوی سِندِ سُنس
باہتھر سُند خطاب ۔
غازی میاں کی چھڑیاں ۔ غازی میاں سِندِ
ناوِ مناونہ یِنہ وول بوڈ دوہ ۔ یوٚ چھ بۄہی رٕتس
مَنز مناونہ یِوان ۔
غازہ ۔ [ت ۔ غازۂ ۔ ف ۔ مُذکر ۔] ۔ بُہرادِ کرنک تھر
غاشیہ ۔ [ت ۔ غاشِیہ ۔ ف ۔ مُذکر ۔] ۔ گُرِ پَلو ۔
پَلنیہ ۔ عارق گیر ۔ زین پوش ۔
غاشیہ بردار ۔ ۱ ۔ گُرِس تھپھ کرنہٕ پکن وول
نوکر ۔ ۲ ۔ خدمتھ گار ۔ نوکر ۔ ۳ ۔ فرمانبردار ۔
غاشیہ بردوش ۔ وُچھو "غاشیہ بردار" ۔
غاصب ۔ [ت ۔ غاصِبْ ۔ ع ۔] ۔ گازی وۄدر ۔
ناٖصب ۔ کانٛسہ غصب کرن وول ۔
غافر ۔ [ت ۔ غافِرْ ۔ ع ۔ مُذکر ۔] ۔ سِتھر کرن
وول ۔ گوناہ بخشن وول تہٕ ڈیتھ گو خداے ۔
غافل ۔ [ت ۔ غافِلْ ۔ ع ۔] ۔ ۱ ۔ بے خبر ۔
غفلتس مَنز ۔ غافل ہِندرِ ۔ بے حس
۲ ۔ لاپروا ۔ ڈلی تڑو ۔ ۳ ۔ کاڈبور وس ۔
ناسمجھ ۔
غافل رہنا ۔ بے خبر روزن ۔ لاپروا لاگن
ڈلی تڑو لاگن ۔ غافل روزن ۔
غافل ہوجانا ۔ بے خبر روزن ۔ لاپروا سپدن ۔
ڈلی تڑو گڑھن ۔ غافل سپدن ۔
غال ۔ [ت ۔ غال ۔ ف ۔ مُذکر ۔] ۔ ۱ ۔ گوچھ ۔
یہلین ہنٛز بناونہٕ گوچھ یتھ مَنز تم ہیر
تیری بیٹھ تھوان ۔ ۲ ۔ یومبر گوڈ ۔ ٹھراول ۔
غالب ۔ [ت ۔ غالِبْ ۔ ع ۔] ۔ ۱ ۔ پیٹھ پِینہ وول ۔
سَرزور ۔ پیٹھوول ۔ ۲ ۔ زینن وول ۔ فاتح
فتح کرن وول ۔ ہار ناون وول ۔ ۳ ۔ ثبوت نہ
گڑھن وول، نیرن وول ۔ سَرس روزن وول ۔
۴ ۔ حضرت علیؓ سُند لقب ۔ ۵ ۔ مشہور اردو
تہٕ فارسی شاعر مرزا اسداللہ خان سُند تخلص ۔
۶ ۔ اکثر ۔ ضروٗر ۔ ۷ ۔ گوب ۔ زیادٕ ۔ وارِیاہ ۔
غالباً ۔ ۱ ۔ ژری پاٹھو ۔ ۲ ۔ اندازٕ کنہٕ ۔ شاید ۔
ظَہرا ۔
غالب آنا ۔ ۱ ۔ ثبوٗت نہٕ گڑھن ۔ زینن ۔ سَرس
روزن ۔ ۲ ۔ ہُر روزن ۔ غلاو گڑھن ۔
غالب تھا ۔ مُمکن اوس ۔ یقین اوس ۔ اندازٕ اوس ۔
غالب رہنا ۔ وُچھو "غالب آنا" ۔
غالب کرنا ۔ زینہ ناون ۔ پیٹھوول بناون ۔
سَرس تھاوُن ۔

غالب ہونا۔ دیکھو "غالب آنا"۔

غالب ہے۔ پوٗرٕ پٲٹھۍ یقین چھُ۔

غالی۔ [ت۔ غالی۔ ف۔ مونث]۔ ۱۔ حد کھوتہٕ تیاد بُڈٕ۔ وہیوٗن۔ سیٹھا۔ واریاہ۔ ۲۔ مہنگ۔ قیمتی۔ وُدٕوُگ۔ ۳۔ اکھ فرقہ یُس حضرت علیؓ صاحبس خُدا چھُ مانان۔

غالی۔ [ت۔ غالی۔ ف۔ مونث]۔ قالیٖنہ۔ قالیٖن۔

غالیچہ۔ لوکُٹ قالیٖنہ۔ قالیٖنہٕ فرد۔

غالیہ۔ [ت۔ غالیۃ۔ ع۔ مذکر]۔ کیٚنہہ چیز رلٲوِتھ تیار کرنہٕ آمُت عطر وخوشبو۔ کرتھ رنگہٕ غازہ بیتہٕ ستہٕ خضاب چھِ کران۔

غالیہ بیز۔ مشکہٕ دار ہوا خوشبودار ہوا خوشبو۔

غالیہ مو۔ یس کرہن مُش آسہ۔ کرہن مُش۔

غامض۔ [ت۔ غامض۔ ع۔]۔ مُشکِل۔ گٔنڈ۔ کرٕ ونٕد۔

غانم۔ [ت۔ غانم۔ ع۔]۔ یُس فایدہ وُتھمت آسہ۔

غنی۔ [ت۔ غنی۔ ع۔]۔ امیر۔ دولتہٕ متارٕ آسن وول۔

غائب۔ [ت۔ غایب۔ ع۔]۔ ۱۔ پوٚشیدٕ۔ ژھایہ۔ پننہٕ موجود آسُن۔ رٲوِتھ۔ ۲۔ اکہ قسمک شطرنج یتھ منٛز نہٕ گنٛدن والہ تختس کُن نظر کرٕ نہٕ گنٛدان چھُ۔

غائبانہ۔ ۱۔ پتہٕ پتہٕ۔ غار حاضری منٛز۔ پتہٕ پتہٕ۔ غائبانہٕ۔ ۲۔ شطرنج کھیلن یتھ منٛز گنٛدن گٔرِ اکھ اکس کُن نظر کرنہٕ چھِ گنٛدان۔

غائبانہ باز۔ ژھایہٕ ہلس منٛز شطرنج گنٛدن وول۔ شطرنج تختس کُن نظر کرنہٕ گنٛدن گوڈ"۔

غائبانہ تعارف۔ غار حاضری منٛز زانُن۔ نو ونادیہ پاٹھۍ زان۔ وُچھنہٕ کرنہٕ روٗستے تعارف۔ غائبانہٕ تعارف۔

غائبانی۔ اکھ لکھ یتھ زنانہٕ ژادرِ پیٚنہٕ گارٕ نہٕ پیہ۔

غائب غلہ۔ بلکل غاب۔ یُس پیٚنہٕ اَکھ پیہ۔ ژوٗر۔

غائب غلہ کرادینا۔ ژوٗر نٲوُن۔ غاب کرُن۔ ژھایہ ہلس منٛز نٲوُن۔

غائب کرادینا۔ دیکھو "غائب غلہ کرادینا"۔

غائب کرنا۔ ژوٗر نٲوُن۔ راوراوُن۔ غاب کرُن۔ ژوٗر نیُن۔

غائب کھیلنا۔ وُچھنہٕ کرنہٕ وَرآے شطرنج
گِنڈُن۔ یادٕ دٕترس نہٕ زانہٕ زانی کاری ستی
وُچھنہٕ روستے شطرنج گِنڈُن۔
غائب ہو جانا۔ غائب گژھُن۔ راوُن۔
ژٕورِ نیٚرُن۔ موجود نہٕ روزُن۔
غائب ہونا۔ وُچھو "غائب ہو جانا"۔
غائر۔ [ت۔ غاہِر/ اِر۔ ع۔]۔ ۱۔ سوٗن
(سۄرُن)۔ یتھ نہٕ دوٗنٚتے آسہٕ۔
۲۔ وُسی۔ کھُلہٕ ڈٕلہٕ۔
غائی۔ [ت۔ غایی/ اِی۔ ع۔]۔ ۱۔ غرض۔
مقصد۔ خٲہش۔ مطلب۔ ۲۔ وجہ۔
سبب۔ بہانہٕ۔
غایت۔ [ت۔ غایَت۔ ع۔ مؤنث۔]۔ ۱۔ غرض
مطلب۔ مقصد۔ ۲۔ اَنٛد۔ انجام۔
آخر۔ ۳۔ کٲفی۔ بے انداز۔ سٹھا۔
حد پوٗرٕ۔ ۴۔ جَنٛڈ۔ جَھنٛڈ۔ جھنڈٕ۔ عَلَم۔
غایت الامر۔ پوٗرٕس آخرس پیٹھ۔
چھیکرس۔
غایت درجہ۔ ۱۔ پوٗت اَنٛد۔ آخری درجہ۔
۲۔ پوٗرٕس۔ آخرس پیٹھ۔ چھیکرس۔
غایت ما فی الباب۔ اَمہٕ ما ملک لب لباب

اَمہٕ کتھہٕ ہُنٛد مقصد۔
غائط۔ [ت۔ غایِط۔ ع۔ مُذکر۔]۔ گُہہ۔ گوہ۔
لبد۔ گُس۔
غب۔ [ت۔ غِب۔ ع۔ مؤنث۔]۔ اَکہ بی تیچہ
سہ تپہٕ بیمٲری یۄس اکہ دوہ ترٲوِتھ بیٚیہ
دوہ یِہ کھٕسہٕ۔
غبار۔ [ت۔ غُبار۔ ع۔ مذکر۔]۔ ۱۔ گرد۔
دُھوٚکھ۔ گرد غبار۔ گرد پوٗرت ہوا۔
گرد طوفان۔ ۲۔ ملالہ۔ ملالہ داری۔
کینہ۔ ۳۔ عداوت۔ بغض۔ دُشمنی۔
کپٹ۔ ۴۔ وُلُل۔ گٹہ کار۔ ۵۔ پَرٕ۔
دیہہ لیکھ۔ ۶۔ خطاطی ہُنٛد اکھ قسم
یُس دون تین بیتن کاغذن پیٹھ چھ
لیکھنہٕ یوان تہٕ دوشوے کاغذ رلاونہٕ پتہٕ
پرنہٕ چھ یوان۔ (اتھ باقی چھ خطِ غبار وَنان)۔
غبار اُٹھنا۔ ۱۔ گرد دوہ تھین۔ ۲۔ بہہ
بُخارات دوہ تھین۔
غبار اُڑنا۔ گرد دوہ تھین۔
غبار آلود۔ گرد برتھ۔ گرد ستی برنہٕ آمُت۔
غبار آنا۔ دٕکھ چھپن۔ کوتُر دٕکھ تُھن۔
غبار بڑھانا۔ زیادٕ ملالہ کرُن۔ دٕکھ کھاپُن۔

ہٕز کری ہرٕاوٕنی۔

غُبار بھرنا۔ گَرٕد کھسٕنی۔ گَرٕد بَرتھ آسُن۔

غُبار بیٹھنا۔ (وُزٕھرِش گَرٕد بِہنی۔ گَرٕد پٕچھی۔

غُبار جھاڑنا۔ گَرٕد دٕنی۔ دِنٕہ سیتی گَرٕد دوٗر آنٕنی۔

غُبارِ خاطر۔ ۱۔ مَلالہٕ۔ کوٗدوٗرتھ۔ رٕنجِش۔

۲۔ مولانا ابوالکلام آزاد سٕنٛز مشہوٗر تصنیف۔

غُبار دھونا۔ کوٗدوٗرتھ ژٕلراوُن۔ مَلالہٕ تٕراوُن۔

غُبارِ راہ۔ وَتہٕ ہٕنٛز گَرٕد۔ وَتہٕ وُزٕھمٕر گَرٕد۔

غُبار رکھنا۔ مَلالہٕ تھاوُن۔ ناراض روٗزُن۔

کیٖنہٕ تھاوُن۔ عَداوَتھ تھاوُن۔

غُبار سمٹنا۔ گَرٕد غُبار ہٕمُن۔ گَرٕد پٕتی گومُت

اَنہٕ گوٗٹ کم گژھُن۔

غُبار نکالنا۔ بَدلہٕ ہیٚوٗن۔ نِکھٕ والُن۔ دُشمنی

کَرٕنی۔ عَداوَتھ کَڈُن۔

غُبار نکلنا۔ دُشمنی نِکھٕ وٕسٕنی۔ عَداوَتس تٕر نیرُن

کیٖنہٕ نیرُن۔ بَدلہٕ ہیٚنہٕ یُن۔ آپٕچ سوٗنہٕ یُن۔

غُبار ہونا۔ ۱۔ آسمانس گَرٕد آسٕنی۔ فضاہس گَرٕد

زانٛہ آسٕنی، وُٹھ آسٕنی۔ ۲۔ دِلس ژٕھین

پانہٕ وانی ناراضگی آسٕنی، مَلالہٕ آسُن۔

۳۔ اچھو پٕد وار پٕوزٕ نہٕ یِن۔ ژھانٛچھ آسٕنی۔

غُبارا۔ [ت۔ غُبارا۔ مذکر۔] ۱۔ اکھ قسمُک آتشبازی

ہوا آے۔ ۲۔ اکھ قسمُک ہوائی جہاز۔

یہٕ چھُ رٕشمُک یا بییہٕ کُنہٕ زاوی لہٕ چیزُک

بایِڈ چھُ تِتھ بَرتھ یِھو کہٕ بوٗسنوٗر آسان، اَتھ

سیتی چھُ مَنزٕل ہیٚوٗ گَنڈنہٕ یِوان یَتھ مَنٛز

اِنسان بیٚہنہٕ یِوانہٕ چھُ یِوان تہٕ یَتہٕ چھُ یہٕ

بوٗسنوٗر وُڈناوُنہٕ یِوان۔ ۳۔ یِھو کہٕ بوٗسنوٗد

چالہٕ شیٖشہٕ بانہٕ۔

غباوت۔ [ت۔ غَباوَت۔ ع۔ مؤنث۔] موٗنٛڈ آسُن۔

زٕڈِ معنہٕ ہٕر یا زٕڈِ موٗ تٕجرٕ آسٕنچ حالتھ۔ مٕرکھ

موٗنٛڈ آسٕنچ حالتھ۔

غیظ۔ [ت۔ غَیظ۔ ع۔ مذکر۔] کانٛسہٕ ہٕنٛدِس

آسٕنس پٮ۪ٹھ تٕتھ رٕنٛک کَرُن یِتھ

باسہٕ زٕ اَتھ چھیٚنہٕ زوالہٕ۔

غبغب۔ [ت۔ غَبغَب۔ ع۔ مذکر۔] موٗٹِس

ڈُرِ ٹھُڈِ اِنسٕنس ہیوٗ تگنہٕ تَلی اُدیزان ماز

یُس خوٗبصوٗرتی ہٕنٛز علامتھ چھُ۔

غبن۔ [ت۔ غَبن۔ ع۔ مذکر۔] خیانتھ۔

حَوالہٕ مالس کھیٚہٕ دِنی پھَرُن۔ خورٕد بُرد۔

غبی۔ [ت۔ غَبی۔ ع۔ صفت۔] زٕڈِ موٗنٛڈ۔

عَقلہٕ موٗٹ۔ کُنٛد ذِہن۔

غپ۔ [ت۔ غَپ۔ مؤنث۔] ۱۔ اپٕز کتھ۔

ٹرٹراو ۔ بے بنیاد کتھ ۔ ۲ ۔ ڈلی ڈلی
ہٹہ وا لیچ آواز ۔ نیگلاو پچ آواز ۔
غپ چپ ۔ ژھیپہ وۄہ یہ کرتھ ۔ ژھۄہ ستھ ۔
غپ شپ ۔ بے بانہ کتھ ۔ اور چہ یور چہ کتھ ۔
غپی ۔ اپز یور ۔ ٹربانہ ۔ ڈم دِنہ وول ۔
غپا ۔ [ ت ۔ غپ پا ۔ مذکر ۔ ] ۔ ۱ ۔ دوکھ ۔
فریب ۔ ژھل ۔ ۲ ۔ ژھیپہ متس پتھکس
پنس لگن ہیہ ۔ ۳ ۔ کانسہ ہنٛد ذکر کرنہ پرزو ۔
غپا غپ ۔ ۱ ۔ پچ تس پتھ ۔ ژھینہ وراے ۔
ستو ایتر ۔ ۲ ۔ گنجا پسان ۔ کثرتہ سان ۔
۳ ۔ کنہ چیزس منز کانسہ نرم چیز تھاو نچ
آواز ۔
غپا کھانا ۔ دوکھ کھیون ۔ ژھلس منز ین پھسن ۔
غپیا ۔ اپز یور ۔ ٹربانہ ۔ اپز کتھ ونی وول ۔
یُس ڈم دِوان آسہ ۔
غپڑ غپڑ کھانا ۔ آپر تھاپر کھیون ۔ ڈلو ڈلی یہ تمبری
سان کھیون ۔
غٹ ۔ [ ت ۔ غٹ ۔ مذکر ۔ ] ۔ ۱ ۔ نوکہ ارساتھ
پیر ہاے ۔ چماٹھ ۔ کھیچ ۔ ۲ ۔ گژھو ٹھ
وا لیچ یا بنگیچ آواز ۔ ۳ ۔ ضرب ۔
غٹا غٹ ۔ ۱ ۔ چوان ووز پچ آواز ۔ گژھ گژھ

۲ ۔ ضربہ منز آواز ۔
غٹا غٹ پینا ۔ گرٹھ گرٹھ کرتھ چون ۔
کانہہ ترل چیز اکی شہہ چون ۔
غٹ پٹ ۔ ۱ ۔ سوہ لڑاے یوسہ اکھ اکس
تھپہ پھشنہ کنہ پیہ ۔ تھپس تھپ لۄو ڈکھ
لڑاے ۔ جھپھی ۔ ۲ ۔ نکھہ پتھ لڑاے
کرُن ۔ ۳ ۔ چیز تالیہ ہوت شکرتھ اسُن ۔
۴ ۔ یتہ پانہ واڈ واٹھ تولو یا زبلہ آسہ ۔
غٹر غٹر ۔ [ ت ۔ غٹر غٹر ۔ ] ۔ منز سان ۔ منز گرد کرد ۔
غٹرغٹر پینا ۔ گلہ گلہ چون ۔ دامہ دامہ چون ۔
غٹرغٹر دیکھنا ۔ منز سان گنبہ ڈیٹھ وراے وچھون ۔
غٹرغٹر سننا ۔ منز کری کری بوزن ۔ منز سان بوزن ۔
غٹرغوں ۔ [ ت ۔ غٹرغوں ۔ مونث ۔ ] ۔ کوترستاد
بولن ۔ کوترپنٛد ڈم دِنچ آواز ۔
غٹاغٹ ۔ [ ت ۔ غٹ غٹ ۔ ] ۔ کانہہ ترل چیز
ہشہ لیون دا لیچ آواز ۔ گرٹھ گرٹھ ۔
غٹاغٹ پی جانا ۔ گرٹھ گرٹھ کران چون ۔
اکی شہہ چتھ نیون ۔
غٹاغٹ پینا ۔ گرٹھ گرٹھ کران چون ۔
ڈم ہینہ وراے چون ۔
غٹا غوں ۔ وچھو "غٹرغوں" ۔

غٹک جانا۔ گیگہ یعون واتُن۔ ہنگلاوُن چُھنتھ ژھنُن۔

غٹکے غٹ۔ کھیٚچھن ہنٛز کھیٚچھ۔ چھٔکن ہنٛز چھوکہٕ۔ جاژن ہنٛز جاز۔

غثیان۔ [ت۔ غثَ یاں۔ ع۔ مذکر۔]۔ مَن پھیرُن۔ اوٗلُن ہیوٗ پھیرُن۔ یَن پھیر لگُن

غچ۔ [ت۔ غچ۔ مونث۔]۔ ۱۔ شراکہ پیچ بیتر بارٕس مُنٛز وَسنہٕ یا اژنہٕ آواز۔ ۲۔ لٔرہ مُنٛز یکنہٕ آواز۔

غچ پچ۔ لکہٕ اَرساتھ۔ ہیر بارٕے۔ پوٗد تراوُن دَکھ نہ آسنہٕ حالتھ۔

غچلی۔ گَندٕ۔ موٗلُت۔ کثیف۔ شرُس نہ یُنُن جسمچہ صفایی ہُنٛد خیال آسُن۔

غچا۔ [ت۔ غچ چا۔ مذکر۔]۔ دوکھ۔ ژھل فریب۔

غچا غچ۔ ۱۔ تلوار، شراکھ، چھُری بیتر مُسلسل بارٕس مُنٛز وَسنہٕ آواز۔ تلوارن ہنٛز جسمس سَتہٕ گِگھر لگنہٕ آواز۔ ۲۔ رٔبہٕ مُنٛز پھسنہٕ یا رٔبہٕ مُنٛز پھسِتھ کھورکَڈنہٕ آواز۔ ۳۔ سۄ آواز یُس ہسنگ کرُن وِز نیران چھےٚ۔ آواز یُس زنانہٕ شوٗنگن وِزِ نیر

غچاکا۔ موٹ پہ تاپ۔ ناشوق۔ اُلی اُلی کھوٗتمت۔

غدار۔ [ت۔ غدّار۔ ع۔ صفت۔]۔ ۱۔ سَخ ظلم کرُن وول۔ باغی۔ فتنہ گر۔ حرام نمک۔ غدار۔ ۲۔ سیٹھا بوٗڈ کھوٗل۔ وُسی سیٹھا کُتاپ۔ کھُلم کھوٗل۔

غدد۔ [ت۔ غُ دُد۔ ع۔ مذکر۔]۔ مازس اندر یم گَنٛڈ۔ اکہ قسمک غوٗد دوٗد۔

غدر۔ [ت۔ غدر۔ ع۔ مذکر۔]۔ ۱۔ وعدہ خلافی۔ واتھ پھیرنہٕ حالتھ۔ بےٚ وفایی۔ ۲۔ ہنگامہ۔ نیاے۔ ژوٗدُو۔ بلوٗ۔ فتنہ۔ فساد۔ انتشار۔ ۳۔ ۱۸۵۷ء ہیچ بغاوتھ۔ انگریزن خلاف آزادی ہنٛد گوڈنیک جنگ۔

غدر پڑجانا۔ نارہ ہوٗ آسی مُنٛز لُوکن چھانگ لگنہٕ۔ چھلہٕ چھانگر گژھنہٕ۔

غدر کرنا۔ ۱۔ کرٔکہ ناد دیُن۔ شور شر کرُن۔ ۲۔ بدانتظامی کرٕنی۔ ۳۔ لوٗٹھ کرُن۔ ۴۔ ہنگامہ تُلُن۔ فسادس وُتش دیُن۔ فتنہ وُزناوُن۔ ۵۔ بغاوتھ کرٕنی۔ باغی سپدُن۔ ڈلُن۔

غدر مچانا۔ وُچھو "غدر کرنا"۔

غدود۔ [ت۔ غ دود۔ مذکر۔]۔ غوٗد دوٗد

ماڻهُو اندر گڏ ۔

غديِر۔ [ت ۔ غ ديِر ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ ۱ ۔ سُنبر جيڪو مينهن وسڻ کان پوءِ ڪنهن هنڌ رهجي وڃي۔ ۲ ۔ اُهو تلاءُ جيڪو آب سمه ۔

غرس منزا ڪه جابه ٿهڻ ناو ۔ حاج چهه خم ٿُرته آمي جابه ٿيڻ اُلگ اُلگ گرشان ۔

غدہری ۔ غدہرک ۔ غلہرک روزن وول يا روزن واجبڻ ۔

غذا۔ [ت ۔ غِ ذا ۔ ع ۔ مؤنث ۔] ۔ کهڻ ۔ خوراک ۔ غذا ۔ کهيبه باو ۔

غذا بند هونا ۔ کهڻ بند سڀڻ ۔ بيمارس فاقه ڏيڻ پيوڻ ۔

غذا کرنا ۔ ٻته کهڻوڻ ۔ غذا کهيڻوڻ ۔ ڪانهه کهيبه باو کهيڻوڻ ۔

غذا کهانا ۔ ٻته کهيڻوڻ ۔ غذا کهيڻوڻ ۔

غذا لگنا ۔ کهڻ لگڻ ۔ غذا لوگ گرشهن ۔

غذا نوش کرنا ۔ ٻته کهيڻوڻ ۔ غذا کهيڻوڻ ۔

غذا هضم کرنا ۔ ٻته شرو پيراوڻ ، هضم کرڻ ۔

غذا هضم هونا ۔ ٻته شريڻ ۔ غذا شريڻ ۔ کهڻ شرڻ ۔

غذا ئبت ۔ غذا آيسٿه ۔

غذائے ثقيل ۔ گوب کهڻ ۔ سه غذا يس ئهه

ڏلي ڏلي شريبه ۔

غذائے لطيف ۔ لوڻ غذا ۔ شريڻ هار کهڻ ۔ سه کهڻ ئيب يُتهُ ڏلي ڏلي شريبه ۔

غرا ۔ [ت ۔ غرّا ۔ ع ۔ صفت ۔] ۔ ۱ ۔ مشهور ۔ نامور ۔ پهله پايه ۔ پايه لوٻڏ ۔ ۲ ۔ گهمنڊ ڏزه ٻرز ۔ غوڙور ۔ ٺهعکه ۔ مان ۔

غرابنا غا ۔ ۱ ۔ غوغرس پيٹھ واده ٿهوڻ ۔ غوغرک واده ڏيڻ ۔ گوڏيه تاريخک واده ٿهوڻ ۔ ۲ ۔ کوچه پهيڙ کرڻ ۔ بهانه کرڻ ۔ اڙ پگاه کرڻ ۔ ۳ ۔ مليب هيوڻ ۔ نکار کرڻ ۔ ۴ ۔ بيو آري کرهني ۔ آڏزا آڏ کرهني ۔ ۵ ۔ غار حاضري تراوني ۔ تهڪه کرڻ ۔

غرا ڈهينا ۔ هيري پيري واليڻ ۔ دماغ والڻ ۔

غرا کرنا ۔ ۱ ۔ چهٽي مناهني ۔ ناغه کرڻ ۔ غار حاضري کرهني ۔ دهه درشچ کام اکه دهه پهه کرهني ۔ ۲ ۔ فاقه کرڻ ۔ فاقه ڏيڻ ۔ ۳ ۔ ٹهنگن ۔ ٹهعکه اوڻ ۔ ناز کرهني ۔ تکبر گرشهن ۔

غرا هونا ۔ ڏزه ٻرز آسڻ ۔ تکبر آسڻ ۔

غراب ۔ [ت ۔ غُراب ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ کاو ۔ کرهيه ڏنگه سه جانا وارس ٹاو ٹاو چهه کران ۔

غراب البین ۔ جدائي هنڌ کاو ۔ عربين اوس خيال نه

یتھ گرس کاوٹاوٹاو کرتھ گرس چھٹے
چھلہٕ باگے گژھان۔

**غراپ سے۔** وُلہ وُلہ۔ وُزبہٕ سان۔ جل جل۔

**غرارہ۔** [ت۔ غَ رارَہ۔ ع۔] ۔۱۔ اَن ہِیُھر۔
۲۔ غر غر کرٕنی۔ کھول گٔژ کرٕنی۔ ۳۔ غرغر
کرنہٕ کہِ دوا۔ ۴۔ شامیانہک ڈنڈ۔ پیٹھم پلو
ژھیدن پلو۔ ۵۔ دریایہٕ بیتر ہِشُد
کُپر ٹھیلہٕ۔ ۶۔ کھلہٕ ڈلہٕ بیزار۔ کھلہٕ مُر
بیزار۔ کھوٗل پاجامہٕ۔

**غرارے دار پاجامہ۔** کھلہٕ مُر بیزار۔ غرارٕ
پیش وازٕ چالہٕ بیزار۔

**غرامت۔** [ت۔ غرامت۔ ع۔ موٗنث۔] ۔
شوٗووٗزٕدی۔ پشیمانی۔ عذاب۔

**غران۔** [ت۔ غرران۔ ف۔ مذکر۔] ۔۱۔ شور کرِوُن
کھوژُون۔ آواز کڈُون۔ گرزُون۔ دم دِیُون
۲۔ خوٗنخار۔ ژٕپٕل۔ درنٕدٕ۔ غضب ناک۔
ژکھ ہوٗت۔

**غرانا۔** [ت۔ غُرانا۔] ۔۱۔ گرزُن۔ ووپھُن۔
گتار کرُن۔ چھپانگن۔ ۲۔ (ورگہٕ) ژکھ
منٕز کینٛہہ ونُن۔ اَچھ ترٕزووٕرنہٕ۔ منٛتھی پھیر گژھن۔
۳۔ ناشکری کرٕنی۔ شُکر نہٕ دیُن۔ شکرانہٕ نہٕ

کرُن۔ پرٛتس کُنُت کرُن۔

**غرائب۔** [ت۔ غرایب/ایب۔] ۔ نادر چیز۔
عجایب چیز۔ "غریب" لفظُک جمع۔

**غرب۔** [ت۔ غرب۔ ع۔ مذکر۔] ۔۱۔ مغرب۔
پچھم۔ قبلہٕ کُن۔ آفتابہٕ لوسنک طرف۔
۲۔ آفتابہٕ لوسُن۔ سیریہٕ وسُن۔ آفتابہٕ
ژھایہٕ گژھُن۔

**غربی۔** مغربی۔ مغربُک۔ مغربہٕ کہِ طرفُک، اندُک۔

**غربا۔** [ت۔ غربا۔ ع۔ مذکر۔] ۔ (وار یاہ) غریب،
نادار۔ یمن نہٕ آسُن آسہٕ۔ چھنٛی تہٕ چھتو۔ ووپر۔
"غریب" لفظُک جمع۔

**غربال۔** [ت۔ غربال۔ ع۔ موٗنث۔] ۔ پرٛیُن،
سہٕ چیز یمہٕ ستہٕ اوٹ چھانان چھ۔ ہانگ۔

**غربت۔** [ت۔ غُربت۔ ع۔ موٗنث۔] ۔۱۔ پننہٕ
گرٕ نشہٕ دوٗر آسُن۔ مسافر آسُن، آسُن
سفر، ووپر ملکس منز آسنٕچ حالتھ۔ ۲۔
نہٕ آسُن۔ غریبی۔ اتھ چھوٗ نہٕ بیر۔ ۳۔ نرٛی۔
آرزر۔ شوٗد بوٗد آسنٕچ حالتھ۔

**غربت اندر وطن۔** (صوفی کتھ) دٔیس ستی لین
گژھنہٕ بیلہٕ انسان بشریتہٕ تھوٗد کھسنہٕ تھ
حالتس چھ "غربت اندر وطن" ونان۔ خود ایس

پننہٕ زٕلتہٕ بَشریتہٕ تھوٚد کھنیچ حالتھ۔

غربت برسنا۔ غُریبی پشپنہٕ۔ کاہنہ تکھ ڈکھ نہ آسُن۔

غربت زدہ۔ سہٕ یُس گرٕ نشہٕ دوٗر آسہٕ۔ یُس غُریبی کوٚشش آسہٕ کوٚڈمت۔ یُس نہٕ کاہنہ ناوٕ ہینس آسہٕ۔

غرش۔ [ت۔ غرٕرش۔ ف۔]۔ دَم دِنی۔ گرزُن۔

غرض۔ [ت۔ غَرض۔ ع۔ مونث۔]۔ ۱۔ مَقصد حاجتھ۔ ۲۔ نیتھ۔ مُراد۔ ۳۔ پیرایہٕ۔ قصد۔ ۴۔ خاہش۔ پیٚرہ۔ ۵۔ ژھوٚڈ پاٹھو۔ ترٕ ڈیتھ۔ غرض۔ مُطلب۔

غرض اٹکنا۔ حاجتھ آسُن۔ پَروائے آسُن۔ کام روٗشہٕ گژھنہٕ۔ تار گژھنہٕ۔

غرض اُٹھا دینا۔ توٗلق نہ تھاوُن۔ کُٹ ژٕھٹنہٕ۔

غرض آشنا۔ خعہ دغرض۔ پننہٕ مَطلبک۔ یُس پننِس غرضس ستھی کام آسہٕ۔

غرض با! ۔ حاجتھ مَنٛد۔ غرضہٕ موٚت خعہ دغرض

غرض پڑنا۔ ۱۔ حاجتھ آسُن۔ خاہش آسنہٕ۔ ۲۔ کام گژھنہٕ۔

غرض جتانا۔ حاجتھ باوَنہٕ کرٕنہٕ۔ ضوٚرورتھ دُنہٕ۔ مطلب باوُن۔

غرض ڈالنا۔ وچھو "غرض اٹکنا۔"

غرض رکھنا۔ ووٚمید تھاونی۔ تمنا کرُن۔ مطلب تھاوُن۔ آرزو سے تھاوُن۔

غرض کا آشنا۔ پننہٕ مطلبک۔ سہٕ یُس یتھ غرض آسہٕ۔ غرضک یار۔

غرض کا باؤلا۔ پننہٕ غرضک۔ خعہ دغرض۔ یُس پننِس مطلبس ستھی کام آسہٕ۔

غرض کا دوست۔ وچھو "غرض کا آشنا۔"

غرض کا یار۔ وچھو "غرض کا آشنا۔"

غرض کرنا۔ سٕروٚگ کرُن۔ کھوہ ٹین پانس کرُن۔ پنُن مطلب کڈُن۔ پننہٕ کام کرٕنی۔

غرض کہ۔ ژھوٚٹ کتھ چھیٚ یہ۔ ژھوٚڈ پاٹھو بوز۔ مطلب چھُ یتھ کنہٕ۔ مطلب۔

غرض معطل ہونا۔ حاجتھ نیرُن۔ حاجتھ رواٗی سپدٕنی۔

غرض مند۔ حاجتھ مَنٛد، یُس حاجتھ آسہٕ۔ ضوٚرورتھ مَنٛد۔ غرض مَنٛد۔

غرض نکالنا۔ مطلب کاڈُن۔ کام کرٕنی۔

غرض نکلنا۔ مطلب نیرُن۔ کام اَنٛدٕ نی۔

غرض ہونا۔ واسطہٕ آسُن۔ مطلب آسُن۔ توٗلق آسُن۔

غرضی۔ غرض مَنٛد۔ خعہ دغرض۔

غرض باؤلا اپنی گاوے۔ (لُکہٕ کتھ)۔ غرض مَنٛدس چھیٚ پننِس

غرضس سٟتؠ کٲم ۔ خۄد غرض چھُ پننی
دراز ٹھؠکھ دِوان ۔

غرض باؤلی ہوتی ہے ۔ غرض چھُ انسان
اُچھن پٹ گنڈان ۔ م ؛ ۔ غرض منٛز چھُ
پھۄٹمُت ہتہ چھِرِ گژھلہٕ ۔

غرض دوگونہ عذاب است جانِ مجنون را
بلائے صحبت لیلیٰ و فرقتِ لیلیٰ

مجنونس چھُ دۄیہ عذاب ۔ لیلیٰ سٟتؠ
تہٕ تہٕ ہؠچے لیلیٰ دوٗرِ پیمانہٕ تہٕ تہٕ سٟتؠ ۔
باشوقہٕ سُند میلُن تہٕ عذابے تہٕ دوٗرِ رُن تہٕ ۔

غرض کا باؤلا اپنی گاوے ۔ وُچھو "غرض باؤلا
اپنی گاوے ۔"

غرض کے لئے گدھے کو باپ بنانا پڑتا ہے ۔
حاجتھ منٛدِس چھُ ہُنِس کھۄتہ رِتام رٕ ہٹِنہٕ
پیوان ۔ مطلب کڈنہٕ مۄکھہ چھُ خرس
تہٕ ہیپہ وٕنُن پیوان ۔

غرض منٛز باؤلا ۔ خۄد غرض چھُ کُنہٕ پاٹھی
پننؠ کٲم کڈنہٕ یژھان ۔ غرض منٛدۄ چھُ اون ۔

غرض نقشیست کز ما یادماند
کہ ہستی را نمی بینم بقائی ۔ میٛے چھُ
یادگار تھاوُنس سٟتؠ مطلب نہٕ کیاز زندگی

چھےنہٕ پوشہٕ وٕنی تہٕ ڈیٛتھ گوز مرنہٕ پتہٕ گژھہٕ
میٛون ناو زِنٛدہٕ روزُن ۔

غرض نکلی آنکھ بدلی ۔ مطلب دراس نہٕ دراس
اچھن گوس بچھپہٕ پٕھیر ۔ م :۔ اکہٕ جھولؠ تہٕ
میٛترؤت ترول ۔

غرغراہٹ ۔ [ت ۔ غرغراہٹ ۔ مؤنث ۔] ۔ آبہٕ
ملرن ہنٛز آواز ۔

غرغرہ ۔ [ت ۔ غرغرہ ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ آبہٕ غرغرٕ ۔
غرغرٕ ۔

غرفش ۔ [ت ۔ غروفش ۔ مؤنث ۔] ۔ ۱ ۔ یہ چھُ "غرش"
لفظُک بگاڑ ۔ نسہ سُند گرزُن ۔ ہراہ ہُند
پھیانگُن ۔ ہؤنی سُند رونٛکھ کرُن ۔ ۲ ۔ (اورگہ
پاٹھی) بے ملنے کتھ ۔ ژکھہٕ ہنٛز کتھ ۔ دٕکی ۔ روب ۔

غرفش کرنا ۔ روب کرُن ۔ کھوژناوُن ۔ تھِنہٕ پکٕرُن ۔

غرفش ملانا ۔ وُچھو "غرفش کرنا ۔"

غرفہ ۔ [ت ۔ غرفہ ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ ۱ ۔ دار ۔ وُوب ۔
دُری چہ ۔ ۲ ۔ الگ کُن جاے ۔ خلوتھ ــــ
خلوکہ شاے ۔

غرفے کی بات ۔ ژوٗرِ کتھ ۔ خلوکھ کتھ ۔ اندرِم
کتھ ۔ پننی کتھ ۔

غرفے میں بیٹھنا ۔ دارِ پیٹھ بِہن ۔ دُری چہ پیٹھ بِہن ۔

**غرق۔** [ت۔ غرق۔ ع۔ مذکر۔] ۔ ۱۔ آب شری پیٹھ گژھن۔ آبس پھٹن۔ آبہ بنزی گژھن۔ آبس تل گژھن۔ ۲۔ پھوٹمت۔ کھتر نادِ نہ آمت۔ ہیربون اُدر شوت۔ ۳۔ کامہ منز تیشتھ آورہ آسُن ییتھ پننہ پانک ہوشی آسہ نہ۔ کامہ منز ڈیٹھوت۔ ۴۔ نشہ ہوت۔ یس نشہ کھوتمت آسہ۔ مخمور۔

**غرقاب۔** ۱۔ آبس منز پھوٹمت۔ آبس پھوٹمت ۲۔ آوتن۔ گرداب۔ ۳۔ سخ آور۔ سخ مشغول کامہ منز ڈیٹھوت۔ ۴۔ نشہ ہوت۔ نندرِ ستی آورہ آمت۔ نندر ڈولمت۔

**غرقاب ہونا۔** ۱۔ آبس پھٹن۔ آبہ منز پھٹن۔ آبس تل گژھن۔ ۲۔ مرن۔ تباہ گژھن۔

**غرقابی۔** آبس پھٹن۔ آبس منز پھٹن۔ آبس تل گژھن۔ غرق گژھن۔

**غرق غرق۔** گمبہ شری۔ عارقہ شری۔ تہ یس عارفہ سران گومت آسہ۔ عارقہ بوڈ ڈتھ۔

**غرق کرنا۔** ۱۔ آبس پھاٹون، ڈباوُن۔ آبس تل کرُن۔ ۲۔ کامہ ستی آورہ گژھن۔ کامہ منز ڈبن، بوڈن۔

**غرق۔** ۱۔ آبس تل ژہین۔ آبہ ژہین۔ آبک ژوک
۲۔ پھٹہ ڈون۔ آبس تل گژھہ ون۔ یس آبس منز پھٹتھ ہیکہ۔ ۳۔ پھٹن۔ ڈبن۔ آبس تل گژھن، بوڈن۔ ۴۔ ییتھ سیلاب آسہ آمت۔ ییتھ ییپ کھوتمت آسہ۔ ۵۔ سنہر۔ ییتی پاتھل۔ ۶۔ تنگ لنگوٹی۔ سرانہ پیٹھ۔ ۷۔ اکہ قسمک ود۔

**غرق آنا۔** ۱۔ آبس پھٹن، بوڈن۔ ڈبن۔ ڈیشتھ ودن۔ ۲۔ وستہ گژھن۔ چھمبی گژھن۔ سنہر گژھن۔ ییس گژھن۔ سون گژھن۔

**غروب۔** [ت۔ غروب۔ ع۔ مذکر۔] ۔ زون یا آفتابک لوسن۔

**غرور۔** [ت۔ غرور۔ ف۔ مذکر۔] ۔ کبر۔ گمنڈ۔ تکبر۔ مان۔ دنہ بنر۔

**غرور آنا۔** گمنڈ گژھن۔ تکبر گژھن۔ کبر گژھن۔

**غرور توڑنا۔** تکبرس دب دین۔ غرورس چھلہ چھلہ کرُن۔

**غرور ڈھانا۔** نخوتھ والن۔ تکبر پھٹراوُن۔ تکبرس دب دین۔

**غرور ڈھے جانا۔** تکبرس چھلہ گژھن۔ غرورس لرزہ گژھن۔ مدوسن۔

**غرور کرنا۔** ژھوہ کہاون۔ پیٹھ ہاوُن۔ دنہ بنر ہاوُن

غرور کھونا۔ پھوکھ واٹن۔ گمنٛڈ پھٹراوُن۔

غرور ہونا۔ پھوکھ آسُن۔ یٚڈھ آسنی۔ دٔزٕہ ہبز آسُن۔

لُوکہٕ کتھ:۔

غرور آدمی کو کھا جاتا ہے۔ تکبُر چھ انسانس ہٕزی کُرِتھ تراوان۔ گمنڈ چھ انسانس تباہ کران۔

غرہ۔ [ت۔ غُرّہ۔ ع۔ مُذکر۔] ۱۔ پرتھ چنٛدرٕس گوڈٕ ژوٗنہٕ چھکھ گوڈنیک دوہ یا ژوٗنہٕ پچھ اوٚنہ دوہ۔ پرتھ قمری رٕتُک گوڈنیک تآریخ۔ غوٗرٕ۔ ۲۔ دوہ دِش چہ کامہ منٛز تھکھ۔ سوٗ یُچھ کامہ منٛز تھکھ۔ ۳۔ فاقہ۔

غرہ بتانا۔ سورونہٕ رٕتُک وادٕ دِیُن۔ غورٕک وادٕ دیٚن۔

غرہ دینا۔ ۱۔ چھٹی کرٕنی۔ تھکھ دیُن۔ ۲۔ فاقہٕ دِیاوُن۔ فاقہٕ دیاوٕناوُن۔

غرہ کرنا۔ دوہ دِشچہ کامہ کنہ دوٚہ تھکھ کرُن، ناغہٕ کرُن، چھٹی کرٕنی، غائر حاضر روٗزُن۔

غرہ۔ [ت۔ غُرّہ۔ ع۔ مذکر۔] تکبر۔ غوٗرٕ۔ گمنڈ۔

غرہ توڑنا۔ گمنڈ ڈوالُن۔ تکبُر ڈوالُن۔ دٔزٕہ ہبز ڈوالُن۔

غرہ ڈھنا۔ پاوُن، دٔزٕہ ہبز ووٗسُن۔

غرہ مٹنا۔ پھوٗکھ وٚسُن۔ غوٗرٕ نہٕ روٗزُن۔ تکبُر وٚسُن۔ کبریا مٕدٕ وٚسُن۔

غرہ ہونا۔ غوٗرٕ آسُن۔ پھوکھ آسُن۔ دٔزٕہ ہبز آسُن۔

غرّے ڈبے دکھانا۔ دمکی دِنی۔ کھوژناوُن۔ سیٚنہ شرارتھ کرُن۔ بٕتھ پھٕٹرُن۔

غریب۔ [ت۔ غَریب۔ ع۔ صفت۔] ۱۔ نادار۔ نیٚدتیوٗر۔ نہٕ آسن وول۔ اَتھ چھوٚن۔ ۲۔ مُسافر۔ پردیسی۔ وطنہٕ نِشہٕ دوٗر۔ پرژھیوٚن۔ ۳۔ نادِر۔ ونیوٗ کھٹ۔ نیبرِل۔ ۴۔ عاجز۔ مسکین۔ ۵۔ سیٚود ساد۔ نیک۔ سیٚود لٔوٗد۔ ۶۔ زِبچور۔ پرژھیوٚن۔

غریب الدّیار۔ مُسافر۔ اَپیا گتھ۔ گرٕ نِشہٕ دوٗر۔ پرژھیوٚن۔

غریب الغربا۔ اٹھمس امام جناب علی رضاؑ سُند لقب۔

غریب الوطن۔ وطنہٕ نِشہٕ دوٗر۔ مُسافرٕس۔

غریب الوطنی۔ (مؤنث)۔ مُسافرت۔ وطنہٕ نِشہٕ دوٗر رُوٗر۔

غریبامؤ۔ غریب یا آدمی چالہ۔ ہوٚکھ ہیوٚد۔ دوسر یاپہ۔

غريبانه ـ ١ـ غريب ٻاڦڻو ـ غريب آهي ـ ٢ـ
مسافر ٻاڦڻو ـ سفري آهي، اٿاڻو ـ

غريب آزار ـ غريبن ستائڻ وارو ـ غريبن
ڏک ڏئي ستائڻ وارو ـ

غريب آزاري ـ (مؤنث) ـ غريبن ستائڻ، ظلم ڪرڻ ـ

غريب پرور ـ غريبن کي جهلڻ، رکڻ وارو
بيڪسن هٿ رکندڙ ـ غريب پرور ـ

غريب حرام زاده ـ غريب حرام زادو ـ م:ـ
گهڻو ٺڳ ڏاهو هوڻ ـ

غريب خانه ـ پنهنجي عاجزي پڌري ڪرڻ لاءِ
گهرس ڏنان ـ غريب خانو ـ ٢ـ مسافر
خانو ـ سراءِ ـ ٣ـ محتاج خانو ـ
مفت لنگر ـ جتي غريبن مفت کاڌو
آهي ملندو ـ

غريب زاده ـ غريب جو فرزند ـ مسافر جو
پٽ، اولاد ـ غريب پٽ ـ

غريب غربا ـ سڀ غريب محتاج ـ غريب غربا ـ

غريب ڪرنا ـ غريب بڻائڻ ـ مفلس بڻائڻ ـ

غريب کي مار ـ غريب مٿان سختي ڪرڻ،
مٿس ڏمر ڪرڻ ـ

غريب مار ـ ڏسو "غريب کي مار" ـ غريب مار ـ

غريب نواز ـ ١ـ غريب پرور ـ غريبن کي جهلڻ وارو
نڌارين جي ٽيڪ ڪرڻ وارو ـ ٢ـ
خواجه معين الدين چشتي جو لقب ـ

غريب نوازي ـ (مؤنث) ـ غريب پروري ـ
مسڪينن ۽ نڌارين جي ٽيڪ ڪرڻ وارو ـ

غريب نصيب ـ جيڪو گهر کان دور رهڻ ڏکيو
لکيل آهي ـ جنهن هميشه ئي پنهنجي جاءِ کان
دور آهي رهڻو ـ

غريبوں کا بيڙا پار کرنا ـ غريبن مدد ڪرڻ ـ
نڌارين جي ٽيڪ ڪرڻ ـ مسڪينن جون
حاجتون ڪڍڻيون ـ

غريبه ـ "غريب" لفظ جو مؤنث ـ

غريبي ـ (مؤنث) ـ ١ـ مسافري ـ وطن
کان دور آهڻ ـ ٢ـ مفلسي ـ نڌاپو ـ
غربت ـ مسڪيني ـ ٣ـ عاجزي ـ تنگي ـ

ـــ : چوڻي : ـــ

غريب تيرے تين نام
جهوٽا، پاجي، بے ايمان ـ غريبي منجهه انسان
جتي بدنام ٿيندو آهي ـ م:ـ آهن ڇپائيندا ان
نه آهن منهن ڇپائيندا ان ـ

غریب کی جوانی گرمی کی دھوپ' جھاڑے کی چاندنی۔ غریبہ سُند یاوُن' ربنہ کالیُک ناپھ نہ وُنلہ پیچ نہ وُنتانہ دیتھ گوہم ساری چھ فضول۔

غریب کی جورو سب کی بھابی۔ غریبس چھ ساری آڈزاد کران۔ غریبس چھ ساری پوشان۔ م :۔ غریبہ سُنز زنانہ ہنتہ رنی کھ لے۔

غریب کی چھ رو عمدہ حاتم تام۔ غریبی منز چھنہ کُمرت نا رو تھا ونہ سترنہ تہ ہراں۔ م :۔ ناہو بیہ دتہ تُستہ گود۔

غریبوں نے روزے رکھے تو دن بڑے ہوگئے۔ م :۔ غریبو دِر روزہ گئے زیٹھی۔

غریز۔ [ت ۔ غ ریز ۔ ف ۔ مذکر۔] ۔ ا۔ شرمی۔ شرافتھ۔ ۲۔ پیداش۔ صبر۔ ترپہ۔

غریزی۔ فطری۔ پیدائشی۔ قودرتی۔ اصلی۔

غریق۔ [ت ۔ غ ریق ۔ ع ۔ مذکر۔] ۔ ا۔ پھوٹمت یس سری بیٹھ سہلاب آسہ گومت۔ آبس منز بوڈمت۔ ۲۔ محو۔ کُنہ کامہ منز (سنگ) بوڈِتھ مصروف ناڈ بتھ۔ غرق گومت۔ ۳۔ ڈیتھ وپیٹھومت۔

ونیو پمت۔

غریق آب۔ سرنیر۔ قدر آدمہ کھتہ سرون آب۔ تیتوت آب یتھ منز پھٹو ز۔

غریق رحمت۔ خودا تعالا ہندس رحمتس منز بوڈتھ، رحمنہ ولتھ، رحمتس منز ڈیتھ۔

غریق رحمت ہو۔ خوداکرہ نس گو ہتھ مغفرت۔ خوداولی نس پننہ رحمتہ عتہ۔

غرین۔ [ت ۔ غ رین ۔ ف ۔ مذکر۔] ۔ ا۔ جنگل۔ ون۔ کُلی گنیر۔ ۲۔ جنگلی جانورن ہنز روزن جاے۔ سہ کُلی گنیر ییتہ جنگلی جانور سمان آسن۔

غریو۔ [ت ۔ غ ریو / غ ریو / ث ریو ۔ ف ۔ مذکر۔] ۔ شور۔ فریاد۔ داد بیداد۔

غڑپ۔ [ت ۔ غ ڑپ ۔ موئنث۔] ۔ آبس پھٹنیچ آواز۔ دڑپ۔

غڑپ شڑپ۔ ولی ولی کھیون، گڑ وپھ والنی۔ تیز تیز کھیتھ کمنہ۔

غزا۔ [ت ۔ غ زا ۔ ع ۔ موئنث۔] ۔ دینی جنگ۔ مذہبی لڑائی۔ جہاد۔

غزال۔ [ت ۔ غ زال ۔ ع ۔ مذکر۔] ۔ رُوس۔ روُسی بچہ۔ روُسی کوٹ یس دوتہ دورتہ ہینکہ۔

غزالِ چشم ۔ ہرنہٕ چٕشم ۔ ہرنہٕ اَچھ کٕرِتھ ۔
چٕشمِ غزال ۔

غزالِ چین ۔ چینُک ہانگُل ، رُوس ۔

غزالِ ختن ۔ ختنُک رُوس یُس نافہٕ چھ نیران ۔

غزالِ رم دیدہ ۔ سُہ ہانگُل یُس ہانٛہ آسہِ گٔژھمُت ۔
ژٔلیہٕ دِن رُوس ، ہانگُل ۔ سُہ رُوس یُس
وۄپہِ ژلان ژلان آسہِ ۔ رم کرہٕ وُن رُوس

غزالِ کعبہ ۔ دِیان جاہلیتہٕ کہِ زمانہٕ دٔژاو
چاہِ زمزم منٛز سونہٕ سٕند ہانگُل بچہٕ یُس
بیتہٕ خانہ کعبس منٛز اوس تھونہٕ آو تس
چھ وَنان غزالِ کعبہ ۔

غزالہ ۔ رُوسہٕ کٕٹ ۔

غزٔالی ۔ غزالہٕ ہُک ، غزالیچ ۔ امام محمد غزالی
تہٕ تہندِ آبایی گامُک ناو ۔ غزالہٕ ہُک
روزَن وول ۔

غزل ۔ [ت ۔ غ زل ۔ ع ۔ موٗنث ۔] ۔ ۱ ۔
زنانن سٕتہٕ کتھ کرٕنہٕ ۔ ۲ ۔ حُسنہٕ عشقچہ
ہجر وصالچہ کتھ ۔ ۳ ۔ لولہٕ باتھ ۔ شاعری
منٛز اکھ صنف ییتھ منٛز عشقیہ مضمون گنڈنہٕ
چھ یوان ۔ امہِ کِس گوڈنِکِس شارس چھ
مطلع تہٕ پتِمِس مقطع وَنان ۔ اتھ منٛز چھ
پرتھ شارکہٕ دۄیمہ مصرٕک ردیف قافیہ
رلان ۔

غزل بنانا ۔ غزل بناوٕنۍ ۔ غزل شیرٕنۍ ۔
غزلہٕ عاب کاسنۍ ۔ اصلاح کرٕنۍ ۔

غزل پرداز ۔ شاعر ۔ شار وَنَن وول ۔ گیوَن وول ۔

غزل پڑھنا ۔ غزل پرٕنۍ ۔ غزل بوزناوٕنۍ ۔

غزل ٹھنڈی ہونا ۔ کمزور غزل آسنۍ ۔ ڈینچ ،
وُسر پایہٕ غزل آسنۍ ۔

غزل چمکانا ۔ غزل شیرِتھ رٕژ ، تھدِ درجچ بناوٕنۍ ۔

غزل چمکنا ۔ تارِیفَن لایق غزل آسنۍ ۔ شاندار
غزل آسنۍ ۔

غزل چھیڑنا ۔ میٹھِ ہٕٹہِ غزل گیوٕنۍ ۔ تیہٕ سان
باتھ وَنُن ۔

غزل خواں ۔ غزل پرَن ، بوزناوَن وول ۔
غزل گیوَن وول ۔

غزل خوانی ۔ (موٗنث) ۔ غزل خانی ۔ غزل پرنہٕ
یا بوزناونہٕ ینِہ ۔

غزل در غزل ۔ غزلہٕ منٛز غزل نہٕ ڈینِتھ گو اَکی سے
زمینہٕ تہٕ ردیف قافیس منٛز دۄیم غزل ۔

غزل دکھانا ۔ غزل ہاوٕنۍ ۔ کانٛسہٕ اَتھ پیٹھ غزل
شیرناوٕنۍ ۔ غزلہٕ اصلاح کرناوُن ۔

غزل ڈھلنا۔ غزل وُزنی۔ غزل بننہ، تیار گژھنہٕ۔

غزل سرا ہونا۔ غزل پرٕنی، بوزناوٕنی، گیوٕنی۔

غزل سرائی۔ (مونث)۔ غزل گیوٕنی، عشقیہ شارٕ گنگراوٕنی، بأتھ وٕننہٕ۔

غزل سر سبز ہونا۔ وچھو "غزل چمکنا"۔

غزل سُست ہونا۔ ژھوٚژ غزل آسنہٕ۔ وُسر پایہٕ غزل آسنہٕ۔ غزل ڈیچ آسنہٕ۔ شارٕ بےٚ مانہٕ آسنہٕ۔

غزل سیر کہنا۔ سیٹھاہ جٕٹھ غزل وننہٕ۔ وارِیاہن شارن ہنز غزل بناوٕنی۔

غزل کہنا۔ غزل بناوٕنی، وٕننہٕ۔ غزل لیکھنہٕ۔

غزل کی زمین۔ غزلہٕ ہُند طرح۔ غزلہٕ ہنز زمین، بحر۔

غزل گانا۔ غزل گیوٕنی۔ لیہ سان غزل پرٕنی۔

غزل گو۔ (مونث)۔ غزل وٕنَن، لیکھن وول شاعر۔ غزل گو۔ غزل گو شاعر۔

غزل لکھنا۔ غزل بناوٕنی، وٕننہٕ۔ غزل لیکھنہٕ۔

غزل ہونا۔ غزل بننہٕ۔ غزل لیکھنہٕ یُنہٕ۔ غزل تیار گژھیٖنی۔

غزلیات۔ وارِیاہ غزلہٕ۔ "غزل" لفظُک جمع۔

غزلیت۔ (مونث)۔ غزلہٕ ہُند رنگ۔ تغزل۔ غزلہٕ ہُند شاعُرت۔

غزوات۔ [ت۔ غزوات۔ ع۔ مُذکر]۔ تِم جنگ یِم حضرت محمد صلعم بس ہمراہ کافرن سِتۍ کرنہٕ آیہ۔ "غزوہ" لفظُک جمع۔

غزوہ۔ [ت۔ غزوَہ۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ جہاد۔ (رسول مقبول صلعم ہُندِس رفاقتس منز کافرن سِتۍ کرنہٕ آمُت) جنگ۔ ۲۔ جہادکرٕ برادٕ نیرُن۔

غزوۂ ابوا۔ سُہ جہاد، جنگ یُس سنہ ۲ ہجری منز مکہ شریفس تہٕ مدینہ پاکس درمیان وِدان جایہ کرنہٕ آو۔ یہ جنگ آو امہٕ بنہٕ بواط ناوٕ کہِ جایہ سِتۍ منز کرنہٕ یُمیہ حضرت علی رضہ علمدار لشکر مقرر سپدی۔

غزوۂ احد۔ جنگِ احد۔ مدینہ شریفہٕ نِشہِ شےٚ میل دُور "احد" جایہ کُفارن سِتۍ مُسلمانن ہُند جہاد۔ اتھ جنگس منز اوس ابو سفیانس تُرے ساس فوج یِتھ سِتۍ زن یوہ اکھ ساس کھو تہٕ کم صحابہ صاب کرٕتان آسی۔ اتھ جنگس منز سپدی امیر حمزہ رضہ شہید سان سِتھ مُسلمان

مشہید تہٕ ستتھ گیہٕ زخمی۔ رسول مقبولؐ
سندی زٕ دندان مبارک تہٕ سپدی اَکھ
موقس پیٹھ شہید۔ کافرو منز گیہٕ صرف
ترٕہ نفر مارٕ یمو منز ہاہ حضرت علیؓ سندٕ
دُری پہٕ قتل سپدی۔

**غزوۂ بدر الاولیٰ** ۔ غزوۂ اَبوا پتہٕ بدرٕ ناگس
نکھ کافرن ستی لڑنہٕ آمت جنگ۔

**غزوۂ بدر الکبریٰ** ۔ جنگ بدرٕ ۔ یہ جہادس
حضرت محمدؐ صابن ۳۱۳ صحابہٕ صاب ہیتھ
ساسہٕ بدرین کافرن ستی بدرٕ ناگس نکھ کور۔

**غزوۂ بنی عیاں** ۔ یہ جنگ نہٕ چھُ "بنی عباں"
قبیلس ستی ۵ھ یس منز سپد مت۔

**غزوۂ بنی قریظ** ۔ پانژھ ہجری سنک یہ
جنگ یُس "بنی قریظ" قبیلچہ بدعہدی کنہِ
تمہ چہ تباہی تہٕ پور بادی ہند باعث بنیوو۔
بنی قریظ قبیلکی سردارن (یس کعب بن اسید
ناو اوس) گرٕ پننہٕ قبیلکی لوکھ جمع تہٕ تم
سپدی قلس منز روپوش۔ حضرت علیؓ
دآتی اسلامی فوج ہیتھ مدینہ شریف کانہہ
آو تہٕ ترو نتھ کُن پوٗنہ کعب بن اسید تہٕ بیبیہ
زُدورزٕی دژاے نیبرکن تہٕ وون ہکھ رُد بلہ
یوٗت کال وآتی آنحضورؐ تہٕ فوجس سپد تیاری
ہند حکم۔ بنی قریظ قبیلس گیہٕ اَتھر ویسرتہٕ
کوٗرکھ صلحک درخاس۔ سعد بن معاذؓ یہ
فاہیلی مقرر کرنہٕ یمو یہ قبیلہ مولہ موہجہ گالنک
حکم دیت۔ تتھ پاٹھی سپد اسلامک یہ بار ترین
دُشمن قبیلہ نیست نابود۔

**غزوۂ بنی قینقاع** ۔ جنگ بنی قینقاع۔
آنحضورنؐ ہندس زمانس منز مدینہ شریف کس
قینقاع بازرس منز لڑنہٕ آمت جنگ۔
پیغمبر علمبرداری حضرت علی مرتضیٰؓ صابن کر
ہندا ہن دوہ ہن قینقاع لُستی گیر تراوِنہٕ پتہ
سپد مُسلمانن تہٕ قینقاع قبیلس درمیان
صلح یُس پتہ مدینہ تراوتھ خیبر کُن ژول۔

**غزوۂ بنی مصطلق** ۔ ۵ھ ہندر یہ جنگ ییتھ
منز مصطلق قبیلہ ناوک یہودی مارنس پیٹھ
غلبہ آسہ کرنہٕ آمت۔ آنحضورؐ بو زتہٕ
مُسلمان لشکرٕ دژا یہ حضرت علیؓ سنز رہنمایی
منز تمن ستی لڑنہٕ۔ وو کھ جنگہ پتہ سپدی
فتح یاب۔

**غزوۂ بنی نضیر** ۔ سنہ ژور ہجری یس منز حضرت
رسول مقبولؐ تہٕ بنی نضیر قبیلک یہ جنگ

یتھ منز عامر قبیلکی زٕ نفر مارنک خوٗن بہا
ادا کرنک واپاو وجود بنی نضیر قبیلہ پٲٹھ
پھیور تہٕ پتہٕ تس مدینہ ترٛاوتھ ژلنس پیٹھ
مجبور گو۔

**غزوہ تبوک۔** جنگ تبوک۔ یہ جنگ ییٚس
آنحضورؐ ہنٛدِس رفاقتس منز مسلمانن
تہٕ شامہ کین یہوٗدین درمیان پادشاہ روم
سٕندِ تہٕ باوجود سپدٕ نہٕ تکیازِ آنحضورؐن
اوس بیٚیہ کنہِ ہُندِ ذریعہٕ اطلاع واتمٕژ
زِ شامکی یہوٗدی چھ رومہ کِس ہرقل پادشاہ
سٕندِ زِ تمی ساس فوج تھٲوتھ مدینس پیٹھ
حملہ کرن وٲلی۔ بچاوہ خاطرٕ وٲتی تم تبوک
جایہ دُشمن پسپا کرنہ خاطرٕ تہٕ مدینہ شریفک
انتظام کورُکھ حضرت علیؓ صابس حوالہٕ۔
وہن دہن پترا رٕتھ ذرا و نہٕ کانٛہہ کافر
دُشمن سُند نیب نشانے۔ یتھ دوران
اندری یکھی علاقن ہندی لُکھ اسلامہٕ کِس
دایرس منز آے۔ یہ واقعہ چھ ماہ رجب
سنہ ۹ ہجری یک۔

**غزوہ حمرۃ الاسد۔** جنگ حمرۃ الاسد —
جنگ احدہٕ پتہٕ مدینہ شریفہ پیٹھ ۸ میل
دور حمرۃ الاسد جایہ لڑنہٕ آمٕژ جنگ۔

**غزوہ حنین۔** ۶ شوال سنہ ۸ ہجری یک یہ
جنگ ییٚس طایف جایہ کِنہ مکہ پیٹھ ترٛے
میل دور حنین وادی منز آنحضورؐن ہندِس
رفاقتس منز مسلمانن تہٕ بنی ہوازن، بنی
ثقیف، بنی مضر تہٕ بنی ہلال قبیلن درمیان
سپدٕ۔ حضرت علیؓ اسی مسلمان لشکرک
علمدار۔ اتھ منز تہٕ سپٕز مسلمانن کافرن
پیٹھ فتح حاصل۔

**غزوہ خندق۔** ۵ سنہ ہجری ہٕنز یہ جنگ یتھ
منز ابوسفیان سٕنزِ رہنمائی منز مکہ کیو
یہودیو مدینہ شریفس پیٹھ حملہ کور تہٕ
آنحضورؐ تہٕ سلمان فارسیؓ سٕندِ مشورہ پانژھ
گز ووٚن تہٕ پانژھ گز کھول خندق مدینس
انداری اندری ژن دوہن کھوٚن۔ خندق
کھنس منز روٗدی آنحضرتؐ پیش پیش۔
جنگ روٗد وہن دوہن جاری۔ پتہٕ تس
سپدی خدایہ سٕندِ مدتہ ستی کافر پسپا
تہٕ یہ ہولناک تہٕ فاصلہ کُن لڑائی بنیہ
اسلامچہ کامرانی ہنٛز علامت۔

**غزوہ خیبر۔** یہ جنگ ییٚس یہ ہریس کیٚتھ

مدینہ منورہ پیٹھ پانژ شیتھ میل دور خیبرس نزدیک جایہ سپار ۔ یتھ منز اسہ جایہ ہیندِ بن بکین یہود ن ستی مدینکہ جلاوطن یہودی تہ ستی آسی ۔

**غزوہ ذات الرقاع** ۔ سنہ ژور ہجری یکس حضرت علی سِنز علمہ آری تحتھ شہ جنگ یتھ منز اَنمار قبیلہ مدینہ شریفس پیٹھ حملہ کرنہ باپتھ آمادہ اوس ۔ حضرت محمدؐ درائے اصحابن ستر تہ [illegible] انمار قبیلکی لوکھ گیہ ننی تہ جنگ سپد نہ کینہہ ۔

**غزوہ ذوالعشیرہ** ۔ مکس تہ مدینس درمیان ذوالعشیرہ جایہ کافرن ستی کرنہ آمت جہاد ۔ یہ جنگ آو "غزوہ بدر الاولیٰ" پتے سنہ اکھ ہجری یس منز لڑنہ ۔

**غزوہ سفوان** ۔ وچھو "غزوہ بدر الاولیٰ" ۔

**غزوہ طائف** ۔ کافرن ہند حنین وادی منز بچومت فوج سپد طائف جایہ پناہ گزین ۔ آنحضورؐ ترووکھ گیر یس کینژ دہ یہ پتہ آو اکھہ وقتس دوران چھ کینہہ صحابہ صاب آنحضرتؐ نِش اجازہ منگتھ یہاں [illegible]

نیران ۔ ہوا تہ اندی یکھ ستی منز ساری پھلی پھر آو تہ اکھ مشہور پہلوان مارنہ آو ۔ آنحضرتؐ چھ اتہ پیٹھ ۸ ذی قعدہ مکہ شریف پھیرتھ گژھان تہ عمرہ بجا انتھ یکم ذی الحجہ مدینہ واتان ۔

**غزوہ قرقرۃ الکدر** ۔ عراقہ پیٹھ مکہ گژھون مدینہ شریفہ نش ترے میل دور کدرہ ناگس نکھ لڑنہ آمت جنگ ۔

**غزوہ مریسیع** ۔ وچھو "غزوہ بنی مصطلق" ۔

**غزوہ ودان** ۔ وچھو "غزوہ ابوا" ۔

**غسال** ۔ [ت ۔ غس سال ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ شرانہ گور ۔ غوسلہ گور ۔ شران کرن دِنہ وول ۔ غوسل دِنہ وول ۔

**غسالہ** ۔ سہ آب یس اتھ یتھ چھلنہ پتہ ترآوتھ ژھننہ ییہ ۔

**غسالہ** ۔ (مونث) ۔ شرانہ گر ۔ غوسلہ گر ۔

**غسل** ۔ [ت ۔ غسل ۔ ع ۔ مذکر ۔] ۔ شران ۔ سورے پان یا بارن چھلن ۔ غسل ۔ غوسل ۔

**غسل ٹوٹنا** ۔ (غوسل) غسل کھسن ۔ غسل کرنچ ضرورت پینہ ۔ طہارتھ غوسل چھٹن ۔ باد یکنہ یا داران نیر نہ بتر کنہ یتھ چھلنگ حاجتھ پیون ۔

غسل جنابت۔ غوٗسُل، سران یُس سُنگ
کرنہٕ یا چھوٗپہٕ گژھنہٕ کنہِ واجب آسہٕ،
شرع موٗجوٗب کھوٗتمُت غوٗسُل۔

غسل خانہ۔ ۱۔ سرانہٕ کُٹھ۔ غوٗسُل خانہٕ۔
۲۔ موٕردس غوٗسُل دِنہٕ چ جاے۔

غسل دینا۔ غوٗسُل دیُن۔ موٕردس شرع
موٗجوٗب سران کرُن، سران دیُن۔

غسل شفا۔ غوٗسلہٕ صِحتھ۔ بیمار پتہٕ
گوٕڈنیک سران۔

غسل صحت۔ غوٗسلہٕ صِحتھ۔ بیمار پتہٕ
گوٕڈنیک سران۔

غسل کرنا۔ سران کرُن۔ غوٗسُل کرُن۔
شرع موٗجوٗب نیتھ کرتھ سران کرُن۔

غسل مس میت۔ موٕردس غوٗسُل دِنہٕ
برونٛہہ اتھ لاگُن وا آسِس کھوٗتمُت غوٗسُل۔

غسل میت۔ موٕردِ سُند غوٗسُل۔ شرعیتہٕ
موٗجوٗب موٕردس سران کرُن۔

غسل و کفن۔ موٕردس غوٗسُل دِتھ کفنہٕ
وٗلُن۔

غش۔ [ت۔ غِش۔ ع۔ موٗنث۔] ۱۔
کوٗدور کٕل۔ کھوٗچر۔ ۲۔ تشویش۔ وہمہٕ۔

غش۔ [ت۔ غَش۔ ف۔ مذکر۔] ۱۔ وٗنالہٕ۔
مُرژھا۔ بےٚہوشی ہِنٛز حالتھ۔ غش۔ ۲۔
عاشق۔ فریفتہٕ۔ م: ـــ۔
وہ کون انسان ہے جو غش نہیں رنگین کے جوبن کا ہے (رنگین)

غش آنا۔ وٗنالہٕ ییُن۔ بےٚہوش گژھُن۔ غش
یِین، گژھُن۔

غش پڑا ہونا۔ گتہٕ گژھُن۔ بےٚخود گژھُن۔
بےٚہوش گژھُن۔

غش سے افاقہ ہونا۔ ہوش یِین۔ گتہٕ نِشہٕ
بیہرُن۔ بےٚہوشی ژٕلِنۍ۔

غش طاری ہونا۔ گش منز پیوٗن، گتہٕ گژھُن۔
بیہوشی منز پیوٗن۔ گش گژھُن۔

غش کرنا۔ ۱۔ بےٚہوش گژھُن۔ ہوش حواس
نہٕ روزٕنۍ۔ ۲۔ عاشق گژھُن، موٗت گژھُن،
کانہہ خوبصورتھ چیز وُچھتھ حٲران گژھُن۔
۳۔ ژھوکھ کرُن۔ ژھوکہٕ ہاوُن ـــ
دزِ ہنزِ ہاوُن۔

غش کھا کے گرنا۔ غش گژھتھ پیوٗن۔ گش
منز گژھُن۔ بےٚہوش گژھتھ پیوٗن۔ گاہہٕ گژھُن۔

غش کھانا۔ ۱۔ بےٚہوش گژھُن۔ گتہٕ ییُن۔
۲۔ عاشق گژھُن، موٗت گژھُن۔ ہتشن۔

**غش لانا۔** بے ہوش کرُن ۔ وُتارہ اَنُن ۔
غَش کرُن ۔

**غش میں پڑا ہونا۔** گتَس مَنز بیتھ آسُن ۔
بے ہوش پیتھ آسُن ۔ غشَس گوٗمت آسُن ۔

**غش میں رہنا ۔** بے ہوش روزُن ۔ غشَس مَنز
روزُن ۔ گتَس مَنز بیٚوٗن ۔

**غش ہو جانا ۔** گتہٕ گژھُن ۔ غَش گژھُن ۔
بے ہوش گژھُن ۔

**غش ہونا ۔** ۱ ۔ غَش گژھُن ۔ گتہٕ یُن ۔ ۲ ۔
دِل اَتھہٕ گژھُن ۔ عاشق گژھُن ۔ موٗت
گژھُن ۔ دیٚوانہٕ گژھُن ۔

**غشی ۔** گتہٕ ۔ بے ہوشی ۔ غَش گژھنچ حالتھ ۔
تِتھ حالتھ یتھ مَنز جسہٕ ہوش روزِ نہٕ ۔

**غضب ۔** [ ت ۔ غَضْب ۔ ع ۔ مذکر ۔ ] ۔ کھیٚوٗن ۔
گرٕ وہ کھوالُن ۔ جوشہٕ ڈٕ دیُن ۔ زورٕ قبضہٕ
کرُن ۔ لُوکہٕ ہُند حق دَباوُن ۔ غَضب ۔

**غصباً ۔** زَبَردستی ۔ غَصب کٔرِتھ ۔ لُوکہٕ ہُنٛد
حق دَباوِتھ ۔

**غَضبِ الٰہی ۔** خُدائے قَہَر ۔ قہرِ خُدا ۔
غَضبِ خُدا ۔

**غصب کرنا ۔** زور زبردستی کٔرِتھ ہیٚوٗن ۔

کانٛسہٕ ہُند حق دَباوُن ۔ غَصب کرُن ۔

**غصبی ۔** سُہ مال جاداد یُس کانٛسہٕ ظُلم کٔرِتھ نِنہٕ
آسہِ آمُت ۔ غَصب کوٗرمُت مال ، جاداد بیتر ۔

**غصہ ۔** [ ت ۔ غُصَّہ ۔ مذکر ۔ ] ۔ ژکھ ۔ شرارتھ ۔
تاو ۔ ناراضگی ۔ عتاب ۔ غضب ۔ غوصہٕ ۔

**غصہ اُتارنا ۔** ژکھ چھانٛٹنہٕ ۔ سزا دیُن ۔ کانٛسہٕ
پیٹھ ژکھ گژھُن ۔ اُکس بَدَل بیٚاکِس پیٹھ
شرارتھ چھانٛٹُن ۔

**غصہ اُٹھانا ۔** ژکھ ژالنہٕ ۔ اَڈٕ زاڈ وہ بترِنہٕ ۔
ناراضگی بَرداشت کرٕنی ۔

**غصہ آنا ۔** ژکھ کھسنہٕ ۔ ڈٕیکہٕ ژٕ کراوُن ۔
شرارتھ کھسُن ۔

**غصہ بڑا عقلمند ہوتا ہے ۔** طاقتوَرس برٛونٛہہ
کنہٕ چھنہٕ ژکھ کھسان ۔ زورٕ وٲلِس چھنہٕ
شرارتھ ہاونہٕ یوان ۔

**غصہ پی جانا ۔** ژکھ ژاپنہٕ ۔ شرارتھ شرٕ ہیراوُن ۔

**غصہ تھوک دینا ۔** شرارتھ ترٛاوُن ۔ ژکھ والنہٕ ۔
ژکھ ہمیشہٕ دیُن ۔

**غصہ چڑھنا ۔** ژکھ کھسنہٕ ۔ طیش یُن ۔ غضب
گژھُن ۔ شرارتَس گَن گژھُن ۔ شرارتَس لایہٕ یُن ۔

**غصہ حرام ملے ۔** ژکھ مَنز چھینہٕ پزر ۔ شرارتَس چھینہٕ پھل ۔

غصہ دلانا۔ ژَکھ کھاړنی۔ شَرارَتھ کھاڑن۔
تِرْه کتھ کرنی بیمہ ستی بیٔس تاو بیہ۔
غصہ فرو ہونا۔ ژَکھ ہمنی۔ شَرارتھ وشن۔
شَرارتھ کم گرڑھن۔
غصہ کرنا۔ ژَکھ گرڑھن۔ شَرارتھ کھشن۔
غصہ کھانا۔ شَرارتھ کھشن، روشن۔
غصہ مارنا۔ ژَکھ ماړنی۔ شرارتھ دہاون۔
ژَکھ ژاپنی۔
غصہ مرنا۔ ژَکھ مرنی۔ شَرارتھ وسن۔
ژَکھ ہمنی۔
غصہ ناک پر ہونا۔ یہ چیز تس متلق ونان
یس زیری ژَکھ کھسہ، یس کتھ پٹھ شرارتھ
کھسان آسہ۔ بومہ لار۔ وُپڑون۔
غصہ نکالنا۔ ژَکھ چھانٹنی۔ بدلہ ہیتھ بوس
لوژراون۔ دِلک کودوُرتھ چھانٹن۔
غصہ ور۔ بدمزاج۔ یس وُلی شرارتھ کھسہ۔
ترُوش مزاج۔
غصہ ہو جانا۔ ناراض گرڑھن۔ ناروُنار گرڑھن
خفہ گرڑھن۔ ژَکھ کھسنی۔
غصے سے۔ شَرارتہ کنی، موجب۔ ژَکھ ہنڈ
سببہ۔ ژَکھ کنی۔

غصے سے آگ ہونا۔ سخ شرارتھ کھسن۔
ناروُنار گرڑھن۔ ژَکھ ہ ستی وۄزلن۔
غصے سے بھوت ہو جانا۔ ناروُنار گرڑھن۔
شرارتہ ستی وۄزلن۔
غصے سے لال ہونا۔ ژَکھ، شرارتہ ستی رتھ
کھسن، وۄزلن۔ ناروُنار گرڑھن۔
غصے کا جن۔ (ورگہ) ژَکھے ژَکھ۔ شرارتھے شرارتھ۔
شرارتھ، ژَکھ۔
غصے کی آنکھ۔ ژَکھ ہتر، شرارتہ ہتر نظر۔
غصے کی جھانجھ۔ شرارتھ۔ ژَکھ۔ تیزی۔ تُندی۔
غصے کے مارے بھوت ہو جانا۔ سخ خفہ
گرڑھن، ناراض گرڑھن۔ ناروُنار گرڑھن۔
شرارتہ ستی پانچ تام روزن۔
غصے کے مارے تھر تھرا اٹھنا۔ سخ شرارتہ
ژَکھ کنی تھر تھراژنی۔
غصے میں۔ ژَکھ ہوت۔ شرارتہ ہوت۔
غصے میں آگ رہنا۔ ژَکھ ہوت روزن۔
ژَکھ لوُرت آسن۔
غصے میں آنا۔ ژَکھ کھسنی۔ ژَکھ گرڑھن۔
ناراض گرڑھن۔
غصے میں بوٹیاں کاٹنا۔ (ورگہ پاٹھی) ناروُنار

گژھن۔ سَخ شرارَتھ کھسُن۔ ژٕکھ گژھن۔

ژٕکھ ستہِ اَتھ ژاپہٕ۔

**غصے میں بھرا ہوا۔** شرارتہٕ ہوٚت۔ ژٕکھہٕ ہوٚت۔

**غصے میں بھر جانا۔** سَخ خفہ گژھن۔ ژٕکھہٕ گژھن۔ سَخ شرارَتھ کھسُن۔

**غصے ہونا۔** خفہ گژھن۔ ناراض گژھن۔ ژٕکھہٕ گژھن۔

**غصیل، غصیلا۔** بَد مِزاز۔ ترُوٗش مِزاز۔ وٲل۔

:- نوٹہٕ کتھہٕ :-

**غصہ بہت زور تھوڑا مار کھانے کی نشانی۔** نوتوانہٕ سُنٛز ژٕکھ چھےٚ تس ذلیل کران۔ زور و روٗس وجہ چھ پانسے پھران۔

**غصے میں برائی بھلائی نہیں سوجھتی**

**غصے میں عقل جاتی رہتی ہے۔** انسانس چھےٚ ژٕکھہٕ کنٛز جانکٕ تہٕ ناکارٕ خیال روزان تہٕ کٕہ پزٕ تس چھ حواس راوان۔ شرارتہٕ وزٕ چھ انسان بدحواس بنان۔ ژٕکھ وزٕ چھےٚ انسان پنٕنہ برٛونٛہہ ڈٕ وچھان۔

**غضب۔** [ت۔ غ ضَ ب۔ ع۔ مذکر۔] ۱۔ شرارَتھ۔ نشہٕ طیش۔ ژٕکھ۔ ۲۔ بے انصافی۔ ناانصافی۔ ۳۔ بلاے۔ مصیبتھ۔ دوکھ۔ ۴۔ ناکارٕگی۔ سَخ ولٕتہٕ کتھ۔ بدی۔ ۵۔ صدمہٕ۔ تکلیف۔ ژٕٹاڈ (یہ چھ "خدا" لفظس ستہِ ورتاوان)۔ ۶۔ گنٛہگار۔ ظلم۔ سِتم۔ ۷۔ سیٹھاہ رت، جان۔ بڈٕ اصل۔ ۸۔ نیاے، ہر۔ فساد۔ فتنہٕ۔ ۹۔ اثر ووٚل۔ کارگر۔ مفید۔ ٹوٹھ، پسند (ینہٕ ووٚل)۔ ۱۰۔ مجبوری۔ بےٚ بسی۔ ۱۱۔ فساد پھٹس۔ نیایہ گوٚر۔ لڑایہ گوٚر۔ چھپٹ۔ ۱۲۔ سیٹھا کرٛوٗٹھ، گٕڈر، مُشکل۔ دشوار۔ ۱۳۔ حارتھ۔ تاجب۔ ۱۴۔ ناراض۔ خفہٕ۔ ژٕکھہٕ ہوٚت۔ ۱۵۔ عجیب۔ وِنوٗ کھٕت۔ نٔرل۔ ۱۶۔ سیٹھا خوبصورتھ، حسین۔ ۱۷۔ مضر۔ پزادٕنہٕ ووٚل۔ ضرر داتناوُن ووٚل۔ ۱۸۔ سیٹھا۔ کافی۔ وارِیاہ۔ ۱۹۔ خوفناکھ۔ ہٲبتناکھ۔ کھوژناوُن۔ بیمناکھ۔ ۲۰۔ دلیر۔ بوہوٗر۔ وہر۔ دلہٕ دوٚر۔ ۲۱۔ سیٹھا ناکارٕ، ولٕتہٕ۔ سَخ خراب۔

**غضب آلودہ۔** شرارتہٕ ہوٚت۔ ژٕکھہٕ ہوٚت۔

غضب آنا۔ شرارتھ کھسُن۔ ژکھ ہیُو۔
غضب بنی ہے۔ دُلہن بناوَت چھ آمژ۔
اُبنتھ چھ آمُت۔
غضب پڑے۔ قہر خوداگژھ ہُنے، نس۔
بلاے پی نس۔
غضب توڑنا۔ ۱۔ نیاے تُلُن۔ فِتنہ تُلُن۔
فساد تُلُن۔ ۲۔ ظُلم کرُن۔ تکلیف واتناوُن
دوکھ واتناوُن۔
غضب ٹوٹ پڑنا۔ اُبنتھ پین۔ قہر خوداسپدُن
دوکھ واتُن۔ غضبہ خوداسپدُن۔
غضب جوتنا۔ کژکہ ناد کرُن۔ شور کرُن،
تُلُن۔ ہنگامہ کرُن۔
غضب خدا۔ ۱۔ قہر خودا۔ خوداے قہر۔
غضبہِ خودا۔ ۲۔ تاجب (چھ)۔ حاژتھ (چھ)
م:۔ غضب خدا دن دھاڑے ایسی لوٹ۔
غضب خدا کا۔ تاجب (چھ)۔
غضب دکھلانا۔ پَرن پیٹھ ہاوُن کرُن۔
کیٹھہ ہاوُس یا کرنس مُنز زیادتی کرنی۔
غضب ڈھانا۔ ۱۔ فساد، نیاے تُلُن۔
۲۔ سخ ظُلم کرُن۔ بلاے اَنُن۔ دوکھ
واتناوُن۔ ۳۔ ڈیکھڑ کام کرنی۔ عجیبے

کام کرنی۔
غضب رے۔ ۱۔ واہ واہ۔ شاباش۔ مرحبا۔
۲۔ افسوس۔ وَہی واے۔ ہاے۔
غضب کا۔ ۱۔ غضبک۔ سیٹھا تیز۔ سیٹھا جان۔
۲۔ نیایہ گوڑ۔ فسادی۔ پھیٹ۔ ۳۔
بیمناکھ۔ خونناکھ۔ کھوژناوُن۔ ۴۔
بےپنہ وَنُن لایق آسُن۔ بےپنہ بیان کرتھ ہیکو نہ۔
غضب کا بجھا ہوا۔ ژکھہ گومُت۔
غضب کا بنا ہوا۔ سخ ژِدہِ۔ پھیٹ۔ فسادی۔
غضب کا سامنا۔ بلایہ اُبنتھہ لگُن۔ ظُلمس
سینہ دارُن۔
غضب کرنا۔ ہُکُرُن۔ بدی کرنی۔ غلطی کرنی۔
م:۔ غضب کیا تیرے وعدے پہ اعتبار کیا۔ (داغ)
۲۔ ڈیکھڑ کام کرنی۔ عجیبے کام کرنی۔ ۳۔
ظُلم کرُن۔ تکلیف واتناوُن۔ دوکھ واتناوُن۔
غضب کی۔ تارِیفن لایق۔ ڈیکھڑ۔ عجیب۔
غضب کیا۔ بدی کُر، کرتھ۔ جان، رُت کورنہ،
کورتھ نہ۔
غضب کی بات ہے۔ تاجب چھ۔ حاژتھ چھ
مجیبے چھ۔
غضب کی نگاہ۔ ژکھہ ہِنز نظر۔ شرارتہ ہِنز نظر۔

